# کأشرِ شُری ادبٕچ سوٚمبرن



جلد: ۱

## (شأعری)

ترتیب کار

## غلام نبی آتش



جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کأشرِ شُری ادبٕچ سۆمبرن

(جِلد: ا.....شأعری)



ترتیب کار

غلام نبی آتش

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

KASHR-E-SHURE ADBACH SOMBRAN
(Anthology of Children's Literature in kashmiri, Vol: Ist: Poetry)
Collected,Compiled and Edited by Gh. Nabi Aatash:2013


| | |
|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : کاشرِ شُرِ ادبٕچ سوٗمبرن (جلد اَکھ.....شاعری) |
| ژھاَرتہٕ ترتیب | : غلام نبی آتش |
| کمپیوٹر کتابت | : نشاط پبلی کیشنز، دلنہ بارہمولا |
| پروٗف ریڈنگ | : ڈاکٹر گلزار احمد راتھر، ڈاکٹر سید افتخار |
| سرورق | : نشاط پبلی کیشنز، دلنہ |
| ناشر | : جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز، سرینگر |
| تعداد | ۵۰۰ |
| چھپنٕ وٕری | ۲۰۱۳ء |
| موٗل | |
| چھاپ خانہٕ | |

## کتاب میلنٕک نیب

☆: کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر
☆: کتاب گھر، کنال روڈ جموں

# ترتیب

## شُری باشہٕ

## دُعا



## سائینس

## صحتہٕ صفأیی



## أسی شُری

## موج



## کأشُر زبان



## اوند پوٚک

## حُبِ وطن



## تہوار

# عرضِ ناشر

شُری ادبس اُس پرٚتھ زمانس منٛز اہمیت۔ اما پوٚز ووٚنی چھےٚ امِچ اہمیت زیادٕ دے ہُریمٕژ۔ کاشرِ زبٲنی منٛز شُربن ہندِ بٲپتھ ادب تخلیق کرنس ووٚتھ ۱۹۴۷ء پتےٚ دٕس۔ اوٚ تام اُس امِچ وبڑ ہے تمہِ لُکہٕ ادبہٕ سٕتی پرٚونہٕ یوان، یُس ہفتا کالہِ پیٹھٕ شُربن ہندِ بٲپتھے تیار سپدان آمُت اوس۔ یتھ منٛز مثالے منٛزٕلی بٲتھ، شُری باشہِ، گنٛڈ باشہِ، پزٕ یژھ، ہکٹ تہٕ رۄ وبیترِ شامل چھہٕ۔ یمن ہندِ وجوٗدس تیٚنٛج عمل چھےٚ ہمیشہِ جٲری روزان۔ واریاہس کالس آونہٕ کاشرِ زبٲنی منٛز شُربن ہُند ادب تخلیق کرنس کُن پزنہٕ پٲٹھی توجہ کرنہٕ۔ ووٚنی ووٚنی چھُ اور کُن جان پٲٹھی توجہ دِنہٕ یوان۔

کلچرل اکیڈیمی چھےٚ از تام کاشُربن لُکہٕ کتھن ہنٛزٕ شےٚ سوٚمبرنہٕ شایع کرِمٕژ، یمن منٛز شُربن ہندِ بٲپتھ واریاہ دٔلیلہٕ درج چھےٚ۔ اکھتےٚ چھِ کینٛژن سوٚمبرنن منٛز شُربن ہندِ بٲپتھ دٔلیلن ہندی بیوٚن بیوٚن باب تہٕ مُشخص۔ تیتھےٚ پٲٹھی چھِ تیمی اِدارن لُکہٕ بٲتن ہنٛزٕ ۱۳ سوٚمبرنہٕ شایع کرِمٕژ۔ پرٚتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ شُربن ہندِ بٲپتھ لُکہٕ بٲتن ہندی زٕ زٕ ترٛےٚ ترٛےٚ باب موجوٗد۔ یمہٕ سوٚمبرنو منٛز ژٲرِتھ چھِ شُری بٲتھ کینٛژن مختلف لوٚکچن لوٚکچن کتابن منٛز شایع کرنہٕ آمتٕ۔ پنٛڈت جواہر لال نہرو سنٛزن شریمتی اِندرا گاندھی ہندِ (یمیٚلہِ سو داہ وٕرِشی اُس) ناوٕ لیچھمٕژن چٹھِن ہُند کاشُر ترجمہٕ تہٕ چھُ واریاہ کال برٛونٛہہ تیمی اِدارٕ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمُت۔ تیمی اِدارن کٔر ۱۹۷۸ء منٛز ''کاشرِ

گِندن ترٛ ایہِ'' کتاب تہٕ شایع۔ اتھ منٛز چھِ شُر بن ہنٛزن اُکشیتھن کأشرٕ بن روایتی کھیلن ہنٛدی تفصیلات تہٕ گِندن وَل درج۔ امہِ علاوٕ چھِ تیمی اِدارن ۱۹۹۶ء منٛز نَو بالغ شأعرن ہنٛدِ کلامٕچ اکھ موخصر سۆمبرن ''گلہِ ٹۆرٕ'' تہٕ شایع کٔرمٕژ۔ اما پۆز تیمہٕ کۆشِشہِ چھےٚ ناکأمی۔ اسہِ چھ احساس زِ کلچرل اکیڈیمی ہیٚو فعال اِدارٕ چھنہٕ کأشرِس شُری ادبس تہٕ امہِ کِس اشاعتس کُن توجہ دِتھ ہیۆکمُت یُس ادب تہٕ فن کیٚن باقٕے شعبن دِیتمُت چھُن۔ اما پۆز کلچرل اکیڈیمی والہِ اَتھ سلسلس منٛز تہِ پننٛز ذِمہٕ دأری نکھہٕ تہٕ اَتھ کامہِ سپُد ژسلابہٕ تہٕ۔

''کأشرِ ادبٕچ سۆمبرن، جِلد ۱،: شأعری'' چھےٚ ذِمہٕ دأری ہنٛدِ احساسہٕ کِس اَتھی نتیجس منٛز بارسس آمٕژ۔ یہِ سۆمبرن کٔر کأشرِ زبأنی ہنٛدی سٮ۪ٹھےٚ محنتی محقق، لُکہٕ ادبکی تہٕ شُری ادبکی ماہر غلام نبی آتش صأبن تیار۔ امیُک دۆیم جِلد آسہِ شُر بن ہنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمُت نثر۔ آتش صأبن چھُ یتھ سۆمبرنہِ ستی ''شُری ادبس'' متعلق معلوٗماتَو بۆرُت پنُن اکھ معنہِ سود تحقیقی مقالہٕ تہِ شأمل کۆرمُت۔

درِدَس سۆمبرن چھےٚ خاص اہمیت تھاوان۔ اکھ یِیمہِ کتھِ سَببہٕ زِ اَتھ منٛز چھےٚ شُر بن ہنٛدِ باپتھ تخلیق کرنہٕ آمٕژ شأعری یکجا کرنہٕ آمٕژ، یِیمہِ ستی پرن وألی امہِ ادبکہِ رفتارُک تہٕ صوٗرتِ حالُک صحیح اندازٕ کٔرِتھ ہیکن۔ تِمن کۆشِشن ہُنٛد اندازٕ تہِ سپد یکھ یِمہٕ شُری ادب تخلیق کرنہٕ باپتھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یہِ سۆمبرن پٔرِتھ چھےٚ کأشرِ شُری ادبہٕ کہِ موادٕچ تہٕ امہِ چیٚن صِنفن ہنٛز رنگارنگی برٛونٛہہ کُن یِوان۔ دۆیم یہِ زِ یہِ چھےٚ شُر بن ہنٛدِ خأطرٕ دِلچسپ تہِ تہٕ فأیدٕ مند تہِ۔ شُری ادبس متعلق مزید کأم کرن والیٚن ہنٛدِ خأطرٕ تہِ سپدِ یہِ سۆمبرن فأیدٕ مند ثأبت۔ وومید چھےٚ سأنی یہِ کۆشِش یِیہِ پسند کرنہٕ۔

اسہِ چھےٚ خۆشی زِ کأشرِ شُری ادبٕچ گوڈنٕچ سۆمبرن شایع کرنہٕ ستی شولیٚو یہِ ژٔری

پھیوٚت تہٕ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ ہنٛگس۔ امہِ باپتھ چھِ کلچرل اکیڈیمی امہِ کِس ترتیب کار غلام نبی آتش صأبنٛ شُکر گذار۔ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدی تم سأری افسر تہٕ اہلکار چھِ شاباشی ہنٛدی حقدار یِمو یِمہِ سوٚمبرنہِ ہنٛز اشاعت وقتس پیٹھ ممکن بنأو۔

خالد بشیر احمد
(سیکریٹری)

# ترتیب کارُسنْد عرض

مے چھےٚ خوٗشی زِ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہِنْدِ طرفہٕ سپزٕم کأشرِ شُری ادٕچ سوٚمبرن ترتیب دِنٕچ کأم تفویض۔ خوٗشی اِ موکھ زِ یہِ چھےٚ کأشرِ ادبہٕ کِس توٲرِ تخس منٛز پننہِ قسمٕچ گوڈنیچ بڈ کوٗشش۔ دوٗیم یہِ زِ یم حرف لیکھن وٲلِس چھےٚ لوکچارِ پیٹھے شُری ادبس ستی دِلچسپی۔ بیاکھ اہم کتھ زِ مےٚ اُس بھارت سرکارکہِ وزارتِ ثقافت کِس سینیئر فیلوشپ ایوارڈس تحت ژورن ہتن صفحن پیٹھ پھہلتھ ''کأشرِ شُری ادب...... تحقیق، توٲریخ تہٕ تجزِیہِ'' کتاب دون ؤرین ہنٛزِ سخت مینٛژ پتہٕ حال حالے تیار کرمٕژ، یوسہِ شایع سپدنس پٔاران چھےٚ۔ لہٰذا اوٚسم ژھونڈ ژھأرِ دِتھ واریاہ مواد جمع کوٗرمُت۔ اسِ منٛز چھ واریاہن ہُنْد خیال زِ کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ شُری ادٕچ حد روٗس وبٕژ ہے، اما پوٚز امہِ خیالٕچ چھےٚ نفی سپد ان، گوڈٕ ''کأشرِ شُری ادب...... تحقیق، توٲریخ تہٕ تجزِیہِ'' کتابہِ ہِنْدِ موادٕ ستی تہٕ ووٗنی زیرِ نظر ''کأشرِ شُری ادٕچ سوٚمبرن'' تیار سپدنہٕ ستی۔

کأشرِ شُری ادٕچِہ سوٚمبرنہِ ہُنْد چھ یہِ گوڈنیک جِلد۔ اتھ منٛز چھےٚ شُربن ہِنْدِ خأطرِ لیکھنہٕ آمٕژ شأعری کوٗم کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ دوٗیم جِلد آسہِ شُربن ہِنْدِ بأپتھ لیکھنہٕ آمتہِ نثرُک مجموٗعہٕ، انشاءاللہ۔ دریِ دس جِلدِ بأپتھ پیوٚ گوڈٕ مواد ژھأرُن پتہٕ ژأرُن تہٕ ترتیب دِیُن۔ مے اوس خیال سرسری پأٹھی وٲنسہِ مطأبق شأعرٲ کِس پتہٕ اکھ شأمل کرُنک، تِہُنْد زأنسہٕ تہٕ جائے وِلادت درج کرنہٕ پتہٕ کلام درج کرُن۔ سہٕ طریقہٕ

یوٚ دوٚ ے اکھ تأریخی تسلسُل ہیوٚ ڈٔنجہِ تھوٚ ہے مگر موادس گرٛٹھ ہے گوسأنی توٚمُل۔ یاں زِ گوڑ اگر کأنسہِ ہُند منٛزلی بأتھ پرن وألس برٛونٛہہ کُن ییہ ہے امہِ پتہٕ ییہ ہبس بٔیس شأعرٕ سٕنٛز منظوٗم ڈلیل، پتہٕ بیٚیہِ سٕنٛز بأتہٕ کتھ، ستی کانٛہہ نظم، اُتھی ستی نرسری رایم۔ اوٚ ے پیٚیہ مےٚ موادس باگیہ بندی کرٕنی۔ سو سپز بعضے صِنفو حسابہٕ تہٕ بعضے موضوٗعو مطأبق۔ خاص مقصد اوس زیرِ نظر زِ موادٕ چ تہٕ صِنفن ہنٛز رنگارنگی ییہ بیوٚن بیوٚن نمایاں کرنہٕ۔ پرٛتھ باگیہ منٛز آو ترتیبک خیال شأعرن ہنٛزِ وأنسہِ مطأبق تھاونہٕ۔ یتہٕ پأٹھی چھےٚ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز واریاہ باگیہ۔ یُس موادلُکہٕ شأعری منٛز زارنہٕ آو، تتھ چھےٚ ترٛےٚ ذیلی باگیہ کرنہٕ آمٕتۍ۔ منٛزلی بأتھ، شُری بأتھ تہٕ ہِکیہ بأتھ۔ یُس مواد شأعرو تخلیق چھ کوٚرمُت، سہ تہِ آو الگ الگ باگین منٛز تھاونہٕ۔

منٛزلی بأتھ (شُری باشو برٛونٛہہ چھِ منٛزلی بأتھے نیٚشہِ بدبن ہنٛدی کن تہٕ ذِہن ترنُم آشنا کران)۔ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھِ منٛزلی بأتھ دوییہ پھرِ آمٕتۍ تِکیازِ لُکہٕ شأعری منٛز زارنہٕ آمتبن منٛزلی بأتن ہنٛدی پأدٕ کرن وألی چھِ نامعلوٗم آسان ییلہِ زن تمن منٛزلی بأتن تخلیق کار سُند ناو ستی آسان چھ ییمہ کأنسہِ تخلیق کٔرمٕتۍ شأعرو لیٚکھِ مٕتۍ آسان چھِ۔ ییم حرف لیکھن وألس باسییہِ دونٛونی قسمہٕ کین منٛزلی بأتن ہنٛدی نموٗنہٕ سوٚمبرنہِ منٛز شأمل کرٕنی مُنأسب تہِ تہٕ ضروٗری تہِ۔ شُری باشہِ، بأتہٕ کتھ، منظوٗم ڈلیلہٕ، ماحولس متعلق منظوٗمہٕ، حُبِ وطن، سائنسی موضوٗعن متعلق رایمہٕ، بأتھ تہٕ نظمہٕ، کأشر زبان، رٕژ کتھٕ، دُعا تہٕ موج بیٚیہِ صحت وصفأیی متعلق منظوٗمہٕ۔ بوزوٚ ے تہٕ ییٚمہ سوٚمبرنہِ ہُند ترتیب گوٚژھ آسُن (Agr Group) حسابہٕ۔ یاں زِ مختلف وأنسہِ ہنٛدبن شُربن باپتھ لیکھنہٕ آمٕت مواد تہنٛزِ وأنسہِ مطأبق باگین منٛز تھاونہٕ آمُت۔ اما پوٚز تہٕ سپُد نہٕ ممکن۔ اکھ ییٚمہِ سببہٕ زِ ییمو شأعرو از تام شُربن ہنٛدِ باپتھ پننہٕ کلامکی مجموٗعہٕ شایع کٔرۍ مٕتۍ چھِ تِمو منٛز

چُھنہٕ اکثرٕ وامہِ کتھِ ہُنٛد خیال تھوومُت ۔ پٔرتھ شعرٕ مجموٗعس منٛز چھِ مختلف وٲنٛسہِ ہٕنٛد بن شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ منظوٗمہٕ یکوَٹہٕ گُنہٕ تگہِ ترتیبہٕ ورٲے درج۔ دوٗیم یہِ زِ تیلہِ ٲسی خٲہی گٔرتھ مختلف وٲنٛسہِ ہٕنٛد بن شُر بن باپتھ منظوٗمات یکجا کرٕنی تہٕ اِد بیوٚن بیوٚن سوٚمبرنن منٛز شایع کرٕنی ۔ یوٚہے چُھ وجہ زِ زیرِ نظر سوٚمبرنہٕ منٛز چُھ پٔرتھ باگیہِ اندر مختلف وٲنٛسہِ ہٕنٛد بن شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ رَلہِ مِلہٕ مواد درج ۔ تہِ دٔپتھ گوٚو زِ پٔرتھ کانٛہہ پرن وول شُر، بامے سہ کُنہِ تہِ وٲنٛسہِ ہُنٛد آسہِ ،لَبہِ پننہِ مزاژ ،دلچسپی تہٕ بِترِ مطابق کینٛہہ نہٕ کینٛہہ۔

بیٚا کھ عرض چُھ یہِ تہِ زِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مواد چُھ لوکچہِ وٲنٛسہِ ہٕنٛد بن شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ مگر یِم باھٕوری وٲنٛسہِ پیٹھٕ ارداہٕوری تام وٲنٛسہِ ہٕنٛدی شُری نوجوٲنی کُن قدم ترٛاوان چھِ ،لوکچہِ وٲنٛسہِ ہٕنٛد بن شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمُت سورُے مواد ہیکہِ نہٕ ،تِہنٛدِ گوٚ اُستھ، تِم کرِن تِتھی وارِیاہ لیکھتہٕ منظوٗمات تہِ پسند یِم بذٲتی بالغن ہٕنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آسن آمتۍ ۔ کینٛہہ منظوٗمات چھِ تِم تہٕ یِم بالغن ہٕنٛدِ خاطرٕ تہِ تِتھی دلچسپ تہٕ فایِدٕمنٛد چھِ یِتھی لوکٹن کیٛو بڈٕ بن شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ چھِ ۔ مثالے مہجورٕن لیوٚکھمُت مناجات ''صاحبو ستھ چھُم مے جٲنی'' چُھ ژٕوٗرمہِ جماژ یا پٲنٛژمہِ جماژ ہُنٛد شُر تہِ تَمے شوقہٕ، سوزٕ تہٕ دلچسپی سان پران، گنگراوان یا گیوان، یِیمہِ شوقہٕ سان بالغ نفر پران چُھ ۔ مثالہِ خاطرٕ ہیکہٕ ہوکھ اَسی فاضل کشمیری سٕنٛدی مناجات تہِ پیش کٔرتھ یا رحمان راہی سٕنٛز نظم ''یتھ سمیٚس منٛز'' تہِ چھےٚ بالغن تہٕ باہ پیٹھٕ ارداہ واہر بن شُر بن باپتھ ہشی دلچسپ۔

یتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھِ کانٛسہِ شاعرٕ سٕنٛز اکھ، کانٛسہِ ہٕنٛز زٕ تہٕ کانٛسہِ ہٕنٛز داہ نظمہٕ تام درج کرنہٕ آمژٕ ۔ یہِ اُس مجبوٗری۔ تِکیازِ کانٛسہِ چُھ گُنہِ ساتہٕ بٲتھاہ لیوٚکھمُت تہٕ بَس۔ یُس موضوٗع کہِ اہمیتہٕ کِنی یا مخصوٗص باگیہِ منٛز منظوٗمن ہُنٛد تعداد ہُر راونہٕ موکھ درج کرُن پیوٚو۔ کمہٕ ژٕوے شاعرو چھےٚ شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ پننہِ کتابہٕ شایع کرمژٕ، کانٛسہِ اکھ شعرٕ

مجموعہٕ، کأنٛسہِ زٕ تہٕ کأنٛسہِ ترٛے۔ کتھ چھےٚ صاف زِ زیادٕ پہن کلاچ ژأرأس أہنٛدِ وٕ ے
شعرٕ مجموٗعومنٛزٕ کرٕنۍ۔ یتھ مجموٗعس منٛز پیٚٹھ اہ موضوٗعن ہنٛز رنگارنگی أس، تمہِ منٛزٕ پیٚو وحسبِ
ضروٗرت زیادٕ دٕ ے کلامہٕ ژاأرن۔ امی وجہ کنٛ وٗچھن پرن وألی یتھ سوٚمبرنہِ منٛز فاضلؔ
کشمیری، پرتھوی ناتھ سائلؔ، ناجی منورؔ، نشاط انصاریؔ، ایوبؔ صابر، سید رسول پونپرؔ، شیخ
راضیؔ، فیاضؔ تِلگامیؔ، غلام نبی آتشؔ، رشید کانسپوریؔ تہٕ رُوحی جان وغارٕ شأعرن ہُنٛد زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ کلامہٕ۔ أمہِ ن کتابن ہُنٛد فہرست چھُ یمہِ سوٚمبرنہِ ہنٛدِس انٛدس پیٚٹھ درج
کرنہٕ آمُت۔ باقٕین ہنٛدِ کلامُک نموٗنہٕ پیٚو وٕ رِسالو تہٕ اخبارَو منٛزٕ ژھاأرن۔ واریاہن گُن
پیٚو وذأتی طور اتھٕ دارُن۔ واریاہن پیٚیہِ فون تہٕ فون کرِتھ یاددہأنی کرٕنۍ۔ کیٚنٛہہ بُزرگ
تہٕ نوجوان شأعر چھِ تِم تہِ یمو شُربن ہنٛدِ باپتھ واریاہ لیٚو کھمُت چھُ، مگر کتأبی صوٗرت
چھِہَس نہٕ دِژٕمُت بلکہِ چھُکھ کم کیٛنٛژھا رِسالن تہٕ اخبارن منٛز شایع کوٚرمُت۔ مثلن امین
کاملؔ، مشعلؔ سُلطانپوری، قمر حمید اللہ تہٕ نوجوان شأعر مظفر حُسین دِلبرؔ۔

یمن شأعرن ہُنٛد کلام ژأر کرِتھ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز شأمل کرنہٕ آمُت چھُ، ممکن
چھُ تِمو ورأے تہِ آسہِ واریاہو شُربن ہنٛدِ باپتھ لیٚو کھمُت مگر مےٚ آسہِ نہٕ تِہنٛد پےَ
لوٚگمُت یا تِمن تام آسہٕ نہٕ پلَو ہیٚو کمُت کرِتھ۔ ووٚمید چھےٚ تِم کرن درگُذر۔ کیٚنٛہہ چھِ تِم
صاحِب تہِ یمو نہٕ عرض قبوٗلے کوٚر، وٕنۍ وٕنۍ ترٛ ووٗکھ کُنٛ پتٕر۔ بنٛدٕ چھُ بشر، غلطیٚن ہُنٛد چھُ
پٕرتھ ساتہٕ امکان روزان۔ ہر گہہ پرن وألی یتھ سوٚمبرنہِ منٛز موادس، انتخابس تہٕ ترتیٖبس
منٛز وشفہٕ تہٕ خأمیہِ لبن، تمہِ خأطرٕ چھُس بہٕ گوڈٕ ے معأفی ہُنٛد طلبگار۔ تاہم چھےٚ ووٚمید زِ
دردِس سوٚمبرن روزِ شُربن، اُستادن، نصأبی کتاب [illegible] دِنہ والین ماأہرن، شُری
ادبس متعلق تحقیق کرن والین تہٕ [illegible] ہنٛدِ خأطر [illegible] ہنٛدِ باپتھ
دِلچسپ تہِ تہٕ فأیدٕ منٛد تہِ۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس سیکریٹری جناب خالد بشیر احمد صأبُن چھُس احسان مندتہٕ شُکر گُذار زِ تِمو زوٗنُس یہِ سوٗمبرن تیار کرنس اہل۔ پبلیکیشن سیکشن تہٕ کأشرِ شعبہٕ کِس افسرن تہٕ اہلکارن ہُنٛد شکُر گذار تہٕ چھُس زِ تِموکوٚر وقتس پیٹھ ییٚمہِ کہِ اشاعتُک انتظام۔ تِمن سارِنے شاعرن ہُنٛد شکُر یہ کرُن تہٕ چھُم فرض یِہُنٛد کلام یتھ سوٚمبرنہِ منٛز شأمِل کوٚرمُت چھُم۔ لہٰذا چھُس تِہُنٛد شکُر گذار آسی تِھے۔ ڈاکٹر گلزار احمد راتھر آم ازتہٕ حسبِ عادت وفادآری تہٕ ہمدردی سان اکاربکار، تِمس چھُس دُعا کران، مٔتہٕ مٔتہٕ دِوان تہٕ رُت کانٛچھان۔

۲۶ر جُلاۓ ۲۰۱۳ء

غلام نبی آتش

(نائل اننت ناگ)

غلام نبی آتش

# شُری ادب

## (۱)

''شُری ادب'' ژِ پتھ گوٚ وشُر بن ہُند ادب تہٕ شُر بن ہِنٛدِ باپتھ ادب۔ یِمن ژُون گاچن تہٕ انہارن ہُند ادب چھُ گٔلہم پأٹھی شُری ادب مانہٕ یِوان:

۱۔ یُس ادب خأہی کٔرتھ شُرِ نے ہِنٛدِ باپتھ تخلیق کرنہٕ آمُت چھُ تہٕ کرنہٕ یِوان چھُ۔

۲۔ ادب، یُس شُری پننہِ باپتھ پانہٕ لیکھن یا یادٕ کرن۔

۳۔ ادب، یُس شُری پانہٕ پننہِ باپتھ ژارن تہٕ پسند کرن۔

۴۔ ادب، یُس بالغ فرد شُر بن ہِنٛدِ باپتھ ژارن[۱]

شُری ادبس متعلق چھےٚ بیٚیہ تہِ واریاہ رایہ پیش کرنہٕ آمژ:

۱۔ شُری ادبس منٛز چھِ تمہٕ تحریر شأمل یم خصوصی طور شُر بن ہِنٛدِ باپتھ تیار آسن کرنہٕ آمتی[۲]

۲۔ شُری ادبس منٛز چھےٚ مختلف قسمہٕ چہ کہأنیہِ شأمل۔ یِمہٕ لڑکن تہٕ کور بن ہِنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمژ چھےٚ۔ بیٚیہ چھےٚ اَتھ منٛز پٔری یہ کتھن، یِمہٕ لُکہٕ ادبُک حصہٕ چھےٚ، ہٕنٛز سوٚ مبرنہٕ تہِ شأمل۔ چھیکرس چھےٚ تم کتابہٕ تہِ شُری ادب یِمہٕ بالغن ہِنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمژ چھےٚ، مگر شُر بو چھےٚ پانناوِمژ[۳]

۳۔ شُر بن ہِنٛدِس ادبس منٛز چھےٚ پٔرِ یہِ کتھ، جودگأری ہِنٛز کتھ، اخلأقی مضامین، بأتھ، سکوٗلن، کھیلن، مأدانن تہٕ سأئلن سفرن ہِنٛز کہأنیہِ، پرٛتھ کینٛہہ۔ یِی چھ شُر بن ہُنٛد ادب مانٛنہٕ آمُت۔ اماپوٚز امیُک حتمی فأصلہٕ ہیوٚک نہٕ ووستادو، نہٕ مالیو ماجو تہٕ نہٕ ادیبو تہٕ شأعرٕ وے کٔرِتھ زِیوٚہے کیاہ چھ شُری ادب۔ پزر چھ یہِ زِ امیُک فأصلہٕ ہیکن پانہٕ شُری کٔرِتھ زِ اوٚ ہُنٛد ادب کیاہ چھ تہٕ نہٕ کیٛتھ گژھہ آسُن۔[۴]

۴۔ ''شُری ادب'' دٔپتھ گوٚو شأعری تہٕ نثرُک سُہ اثبار یُس خاص پأٹھی شُر بن ہِنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمُت چھُ یا معنویت تہٕ افأدِیت کِنی سُہ شُر بن لایق آسہِ۔ بے شک گژھہ شُر بن ہِنٛدِس ادبس منٛز تہِ جذبٕچ صداقت، زبأنی ہِنٛز لطافت تہٕ بیا نٕک حُسن شأمِل آسُن۔[۵]

شُر تہٕ بوٚڈ چھِ زٕ بیوٚن شخصیژ۔ دونٕوٚنی ہِنٛزٕ دِلچسپیہِ تہٕ خأہشہِ چھےٚ وکھرٕ۔ شُر چھُ جِسمہٕ کِنی نوزُک تہٕ کمزور۔ ذِہنہٕ، مزاز تہٕ خیالو کِنی معصوٗم، بڑ بن ہُنٛد آویز۔ اکھ حأرت خانہٕ، اَتھ حأرت خانس اَنٛد راژُن، سَنُن تہٕ سرُن چھ واریاہ مُشکل۔ مالین ماجین بلکہِ ووستادن تام چھنہٕ معصوٗمن ہِنٛز نفسیات سہل سہل فِکرِ تران۔ اَوے چھِ تم پننی کتھ، ہدایت تہٕ نصیحت مأنی راونہٕ باپتھ شُرس ہِنہٕ دژنہٕ تہٕ رُعب کران، لایان۔ امیُک بیا کھ وجہ چھُ زِ بوٚڈ چھ پننہٕ آیہِ سوٗنچان، نفع نقصان وُچھان، اماپوٚز معصوٗم شُر چھُ اچھِ دار بن ہِنٛدِ پأراوٕ تہٕ چھانٛچھِ پوٚتی کیوٚ چھونٕسی رٕنٛزوَنہٕ یِوان۔ بوٚڈ چھنہٕ شُری ہِنٛدِ پسندُک تہٕ شوقُک سہل سہل پاس کران۔ شُر چھُ گوڈٕ گرُک، پتہٕ محلُک تہٕ وارٕ وارٕ أنٛدی پکھٕیُک ماحول وُچھان تہٕ ژرزان۔ پرٛژھن، زانُن، منٛگُن چھُ شُری ہِنٛدِس فطرتس منٛز۔ نہٕ صِرف شُری لازِ دوران بلکہِ بالغ گژھتھ تہِ چھُ انسان یتھ باڈوبڈس، خوش یوٗنس تہٕ تنبلاون وأٹس عجأیباتو سٕتی بٔرِتھ دُنیاہس زانٛنچ کوٗشش کران۔ شُر چھُ زبو یوان

یِوانٕے سوال پٕرٛژھان۔ پٕرٛژھلۍ ذِہن چھُ اللہ تعالیٰ سٕنٛز عنایت۔ تیٚمِس شُرِس یِہ عنایت آسِہ نہٕ سپُدمُت سُہ چھُنہٕ کہنٛہ زانُن یژھان۔ ان زان روٗزِتھ چھُ سُہ اکھ بیکار تہٕ فضوٗل مأنٛتھُن ہیوٚ بینین اَتھہ دارنس روٗزِتھ دُنیاہس منٛز تاونٛکی دوہہ گٔذاران۔ سوال نہٕ پٕرٛژھن وألۍ شُری چھِ ابنارمَل (Abnormal) آسان۔ شُرِس چھُنہٕ پٔنٛنۍ فطرت سوتھلہِ دِوان بیہنہٕ۔ گنڈُن دزوکُن، مچلہٕ لاگُن، سیتھ کرٕنۍ تہٕ پرٕتھ کُنہِ متعلق پٕرٛژھن چھُ تسٕنٛز جبلت۔ بڑِس آویزٕ أستھ تہٕ چھُ سُہ تسٕنٛزِ تھپہ نِش مُچھِ یژھان روزُن۔ فطرت کٕہن نظارن سٕنٛن تہٕ تمن ستۍ رٕلُن چھےٚ معصوٗم شُربن ہنٛز یژھ ہ۔ معصوٗم شُر چھُ جاناوارن ستۍ وُچھُن یژھان۔ سُہ چھُ چھِٹہٕ پوشِرس ستۍ گنڈُن یژھان۔ سُہ چھُ یژھان تارکھ ہلم برٕنۍ تہٕ واوس گنڈُن۔ سُہ چھُ پرٕتھ چیزس اَتھہ لاگان۔ کانٛہہ تہِ چیز وُچھِتھ چھُ توہ تنٛبلی کران۔ یام چیز اَتھس منٛز آس، ژرٛزِتھ تہٕ سأرِتھ چھُس کھولان، جوران، پھِری پھِری وُچھان، اِد پھُٹراوان، تانہٕ تانہٕ کڈان تہٕ ٹوکہٕ سوٗر کران۔ بڑی چھِ معصوٗم شُربن ہنٛزِ اتھہ عملہِ ''کھٕری فہٕ گی'' ونان۔ اماپوٗز شُربن ہنٛز یِہےٚ جبلت چھےٚ تمن وارِ وارِ کینٛہہ کأم کرنہٕ باپتھ آمادٕ کران تہٕ چھکِرس کامہِ کارس کُن لاگان۔ شُر ہیکہِ نہٕ بیکار بِہِتھ۔ ہرگاہ نتہٕ سوٗت تہٕ سوداوس، سو چھُس بدقسمتی، تِکیازِ دُنیاہ کِس وسیع کارخانس منٛز چھُس بالغ گرٕژھِتھ زِندٕ روزنہٕ باپتھ جلکھُن۔ شُربن ہنٛدِس سیمأیٖ صِفت آسنہٕ کِس، چیز وُچھنٕس، ٹُلنس ترٛاونس تہٕ کھولنہِ کِس جِبلتس پیٹھےٚ چھُ ہیچھِ ناونُک تہٕ پرناونُک سُہ وَل کھرِ آمُت کرنہٕ، یتھ ''کرنہٕ ستۍ ہیچھُن'' (Learning by doing) تہٕ (Activity Based) وَل ونہٕ یِوان چھُ۔

رَشک، خودنمأیی تہٕ نقألی چھِ شُربن ہنٛدِ نفسیاتکۍ تہٕ مزازٕکۍ کینٛہہ ٹاکارٕ عنصر۔ حالانکہِ بالغن منٛز تہٕ چھِ یِم عنصر موجوٗد آسان مگر تِم چھِ یِم احتیاطہِ سان حدٕ رٛنٛچ

کوٗشش کران۔ کاںٛہہ تہِ شُر (بامے سہٕ کمزوٗرٕ ے آسہٕ ) چھِنہٕ مانہٕ باپتھ تیار زِشوٗٹھ
چھُہ بیٚیَن ہٕنٛدِ کھوتہٕ کمزوٗرتہٕ کم تر۔ پنٕنہِ بچاوٕ باپتھ یا آنٛچھ ہورنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ سہٕ طاقتوٗر
کھوتہٕ طاقتوٗر شُرِس چھوٚکھ تِژ اونس وایہٕ بران۔ شُر بن چھےٚ مقابلہٕ کرنٕچ یژھ ہ تہِ تہٕ
صلاحیت تہِ۔ تِمن چھِ اکھاُ کھ سُند ازرُوٗن تہِ یوان، یہِ ازروٗن چھُہ بارٕنبن، بیٚنٕبن تہٕ
یارن درمیان تہِ آسان۔ پزٕتھ کاںٛہہ چھُہ دِپانٕ رِتہِ کھوتہٕ رِتی تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چیز
گژھی مےٚ نتہٕ مےٚ آسُن۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گوٚژھ مِیوٗنٕ خیال یُن تھاونہٕ۔ یہِ چھُہ گرس
منٛز تہِ سپدان، گرٕنبر تہٕ تہٕ سکوٗلن منٛز تہِ۔ زیادٕ زبرکار کردگی ہاون وأل٘س شُری سُند چھُ
تِسنٛد بن ژاٹھٕ باجن رشک یِوان۔ رشک اگر حسدس منٛز تبدیل گوٚ و، سہٕ چھُہ غلط نتیجہٕ
ہاوان۔ شُر چھُہ پزٕتھ جایہِ تہٕ پزٕتھ وِزِ بالغن ہٕنٛدِ توجہُک مرکز بنٕنٕچ روزٕن یژھان۔
باقیَن ہُنٛد توجہ پانس کُن پھِرنہٕ باپتھ چھُہ شُر کھُری فٕہ گی کران، عجیب حرکژ تہٕ کامہِ
کران۔ شُر چھُہ زبردس حساس آسان۔ شُرِس ییٚلہٕ باس لگان چھُہ زِمےٚ سِتی چھُنہٕ بیٚیَن
شُر بن ہُنٛد ہیوٗ سلوٗک سپدان، سہٕ چھُہ شرارتی بنان، بتھی پھیٛر گژھان، آنٛچھ ہورنس پیٹھ
کھٕہلان۔ تِمس منٛز چھُہ عداوت تہٕ حسد پأدٕ گژھان۔ واُنٛس ہُرنس سِتی سِتی چھُنہٕ شُر
وو پرس ژو پرس تھی زِٹھبن ہنٛز یا اُستادٕ سنٛز بےٚ وأری برداش ہبکان کرِتھ۔ تِمس چھےٚ
بےٚ وأری کرن والین ہنٛز نفرت گژھان، ییٚمہٕ سِتی بغاوتہٕ ہِکس جذبس ہوا لگان
چھُس۔ شُرِس وو پرن تھی ٹھُر کھارنہٕ سِتی چھُہ تِمس کنٛہہ گژھان، یُس نہٕ جان رجحان
چھُہ۔ سہٕ چھُہ امہِ سِتی رہ رو کانس تہٕ وٕہ ہارس منٛز بیٚیَن پیٹھ برتری ہُنٛد باس ہبوان دیٚن۔
جأرِحانہٕ تہٕ تحکُمانہٕ ہدایت تہٕ نصیحت چھُنہٕ شُرِس پسند۔ امہِ باپتھ چھےٚ شفقت تہٕ ورگہٕ
ورتاوٕچ ضروٗرت۔ امیُک مطلب چھُنہٕ زِ شُرِس منٛز ما چھُنہٕ ہمدردی تہٕ احترامُک
جذبہٕ۔ سہٕ چھُہ منہٕ کوٗمل تہٕ امارٕ بوٗ رُت۔ معموٗلی حادِثہٕ وُچھتھ، کاںٛہہ غمہٕ لدُو چھتھ یا کاںٛسہِ

ہُند وُدن بۄ زِتھ چھُ تس زٕرزٕر گژھان، من کُملان تہٕ اَچھواوش وَسان۔ زیادٕ لوٚکٕٹ شُری چھِنہٕ نفع نقصان زانان۔ یمن دوٚہٕ ہبڑرن ہنٛز وسمتھ چھِ گنٛدن تماشہِ، اِچھِ دارِ، چھانٛچھِ پۄتی، کنہِ پھٔلی، کترِ کھنٛجہِ، پینسل ٹوٹہٕ، ڈبہ کھنٛجہِ، معموٗلی فوٹو، دَجہِ تِلمہٕ، کاغذ تِلمہٕ، جاناوارن ہنٛز رنگ دار تیرٕ، لالہ پھٔلی تہٕ گنٛدن تماشن ہنٛدی ٹکرٕ بیترٕ۔ ووں گوٚو وأنس ہُرنس ستی چھِ وارٕ وارٕ نفع نقصان تہٕ ہیچھُن ہوان۔ نقل کرنٛچ صلاحیت تہٕ چھےٚ شُربن زبردس آسان۔ گوڈٕ گوڈٕ چھِ تم تی کرٕان یہ گرس منٛز تہنٛدی بڈی فرد کران چھِ:

"شُر یہ کینٛژھا پانس أندی پکھی وُچھان چھُ، مأنس ماجہِ تہٕ بزرگن نِش یہ کینٛژھا بوزان چھُ، تمیُک خیال ذِہنس منٛز تھاوِتھ چھُ تیچ تجسیم کأری کران۔ گُرس سوأری کرنہٕ بدلہٕ چھُ لورِ گُر بناوِتھ تتھ سوأری کران۔ ڈاکٹر بنِتھ چھُ بیمار اَچھِ دارِ علاج کران۔ کہأنی بوزان بوزان چھُس دماغس منٛز تمیُک منظر ووتلان"۔[۶]

وأنس ہُرنس ستی چھِ شُری ہنٛدی جِسمأنی تہٕ نفسیأتی ضروٗریات بدلان روزان۔ تعلیم تہٕ نفسیات کیٚو مأہرَو چھِ شُری ہنٛز اَرداہ وُری وأنسہِ تام کِس وقتس پانٛژھ باگیہ کٔرمٕژ۔

۱۔ اکِہ پیٹھ ترٕبن وُرِین تام

اَتھ وقتس دوران چھُ شُر بےبس تہٕ کمزور آسان۔ ماجہ ہُند پھوٚرتہٕ منٛزل چھِ اُہنٛدِ باپتھ بہترین تہٕ محفوٗظ ترین پناہ گاہ۔ سُہ چھُ ماجہ ہنٛدِ دوٚدک تہٕ پھٔری پھانٛک آویزٕ۔ وارٕ وارٕ چھُ کھو کھجہِ پکُن، ووڈنی پکُن تہٕ کم زیادٕ دَوُن ہیچھنہٕ علاوٕ بوٗلُن ہیچھان۔ سُہ چھُ منٛزلی باتو ستی ساونہٕ سلوٗنہٕ یوان۔

۲۔ ترٛیِہ پیٹھ شبن وُرِین تام:

شُرِس چھ بدن پوٗٹھنہٕ لگان۔ ہوٚہوٚ باتھ، کتہٕ کتہٕ باتھ، گنٛدن باتھ، چتہٕ بالن تہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ رایمہٕ (Rhyme) چھےٚ گنگراوان۔ ذِہن تہٕ کن چھس سپدان ترنُم آشنا۔ پٔنن وو پرزانُک احساس چھُس ووتلان۔ جذبہٕ تہٕ خاہشہٕ چھس بیدار سپدان۔ روشان توشان چھُ، مچلہٕ چھُ لاگان، دوران دوان چھُ۔ اَندی پکھِس چھُ سٔنُن ہوان۔

۳۔ شیٚیہٕ پیٹھٕ اَٹھ وٕری تام:

گنٛدن باتن تہٕ لوکچن لوکچن کہاینَن منٛز چھُ ژٕر دِلچسپی ہوان نَہ۔ سٕتی باج چھُ بناوِنی ہوان۔ بیٚین سٕتی چھُ یارانہٕ لاگان۔ شکلن تہٕ تصویرن منٛز چھُس دِلچسپی ہُرنی ہوان۔ میٚژٕ پیٹھٕ چھُ شکلہٕ ہوان بناونہٕ، کاغذس چھُ تماشہٕ بناوان۔ رشک چھُس ہوان ہُرن۔

۴۔ اَٹھِ پیٹھٕ باہ وٕری تام:

یِمن وٕرِین دوران چھُ شُر پٔنُن ماحول تہٕ ماحولچ زبان زبر پاٹھی زانان۔ سُہ چھُ تیزی سان بڈان۔ ووٚنی چھُنہٕ سُہ نیٚشہٕ بوٚد، سُہ چھُ پننہٕ کھوتہٕ بالغن سٕتی ووتھن بہن، ٹی وِی وُچھنُک تہٕ گنٛدنُک درٛ وکنُک شوق چھُس ہُران۔ پانَس پیٹھٕ چھُس ہوان اعتماد ہُرن۔ ناراضگی ہُنٛد اظہار چھُ زوردار طریقہٕ کران۔ روایتی گنٛدنی ترٛاوِتھ چھُ تِمہٕ کھیلہٕ ہوان گنٛدنہٕ یِم بالغن باپتھ مخصوٗص آسان چھِ۔ امہِ وٲنسہِ ہندی شُری چھِ گنٛدن ٹیم بناوان۔ نرسری رایمہٕ ترٛاوِتھ چھِ لوکچہٕ نظمہٕ تہٕ لوٚکٕٹ باتھ پسند کران۔

۵۔ باہ پیٹھٕ اَرداہ وٕری تام:

شُرِس چھُ جوش تہٕ طاقت یِوان۔ سُہ چھُ یارن دوستن ہِنٛدن تہٕ گرٕکین معاملن سٔنُن ہوان۔ جسمانی، ذہنی تہٕ نفسیاتی تبدیلیہٕ یَن منٛز چھُس یِوان تیزی۔ گرٛپ بندی کرنس، بٔڈی بٔڈی گنٛدن ٹیم بناونس، مُقابلہٕ آرائی کرنس تہٕ یار برادری کُن چھُس ہُران

زیادٕ زیادٕ دلچسپی۔ کینژٕ ھا کرنچ خاہش چھس تیزان۔ عادات تہٕ اطوار چھس وارٕ وارٕ پوختہٕ سپدان۔ جنسی جذبہٕ چھس بیدار سپدان۔ لڑکہٕ چھِ طاقت، زور آزمأیی تہٕ مردانگی ہنٛز نمأیش کران تہٕ کورِ چھےٚ پأراوس لور روزان۔ دونٔوے چھِ عشقہٕ ڈٲلیلہٕ، لولہٕ افسانہٕ، لولہٕ ڈراماتہٕ تعشوقہٕ بأتھ پسند ہوان کرٕنی۔ ننہٕ تہٕ درپردٕ جسمأنی تبدیلیہٕ چھےٚ تہندِس مزازس پیٹھ اثر ترٛاوان۔ آزأدی تہٕ خود اختیأری ہُند ژۄر احساس چھُکھ گنان۔ من رنٛزناونہٕ کین نوینہٕ طریقن چھِ زیادٕ لأرِ روزان۔ یہٕ زمانہٕ چھُ سیٹھاہ نوزُک تہٕ خطرناک۔ چونکہٕ یہٕ چھُ شُری لأزی ہُند اٰخری پڑاو تہٕ جوأنی ہُند گوڈنیُک ہیرٕ پوو۔ لہٰذا چھُ احتیاط تہٕ صحیح تعلیم و تربیتُک زیادٕ ضرورت۔ اَتھ زمانس منٛز گرٛژھ أمِس اخلأقی تہٕ مذہبی ادب مہیا تھاوُن۔ یُس گرٛژھ بے راہ رٔوی نِش بچاونہٕ یِن۔ مألِس ماجہِ، زِٹھبن تہٕ اُستادن پزٕ جوأنی کُن قدم ترٛاون وألِس کوریا گبرس پیٹھ پۄرٕ نظر تھاوٕنی تہٕ تِمس سٟتی زیادٕ زیادٕ ماے تہٕ ہمدردی ورتاوٕنی۔

یِۄ دوٚے کلُہم ادب من رنٛزٕ وَنٕک دلاویز وَسیلہٕ آسنہٕ علاوٕ جمالیأتی احساس بیدار کران تہٕ جمالیأتی ژبڈ ژلراوان چھُ۔ تاہم چھُ یہٕ زِندگی خوبصورت اندازس منٛز پیش کران۔ ادب چھُ:

”انسأنی احساسن تہٕ جذباتن کھےٚ کأستھ پزٕ بزلاوان تہٕ نوزکاوان۔ نظر شۄژراُوِتھ گاشدار تہٕ فکرِ سگوِتھ شاداب بناوان۔ سرۄر عطا کران تہٕ سانہِ شخصیژ ہنٛدِ پزٕ بتھ نٕک پھولنگ سامانہٕ کران“[1]

گوڈٕ گوڈٕ اوس شُری ادبُک مقصد صِرف شُربن ہُند من رنٛزناوُن۔ امہِ سٟتی اُسی شُری سکوُن تہٕ سرۄر محسوس کران۔ ہو ہو بأتو، گنٛدِ باشوتہٕ منٛزلی بأتو سٟتی اُسی سلونہٕ یوان۔ کہرِ گأمتی شُری اُسی ٹھُٹھی یوان۔ لُکہٕ شأعری ہنٛز کینہہ صِنفہٕ آسہٕ شُربن ہنٛدِس ذِہنی

ووتھ واشرس منز مدد دِوان۔ اَتھ اَس نہٕ درس وتدریسچ کأم یِوان ہیٚنہٕ۔ اتھ اوس نہٕ شُربن باپتھ بہتری یا اصلاح پسندی ہُنٛد مقصد نظرِ تل۔ وارِ وارِ گیہ شُری ادبہٕ کِس اتھ مقصدس نۆوی نۆوی مقصد نِتھی۔ تہٕ دٕپتھ چھ مطلب زِیوٚ دوٚے شُری ادبُک مۆلہ مقصد من رٕژِؤن قائیم رؤدتہٕ تہٕ ہمیشہِ روزِ تہٕ مگر شُری ادب تہٕ گرِژھ زِندگی ہِنٛد بو بدلؤنو تقاضو مطابق آسُن۔ ادب گرِژھ شُربن زِندگی تہٕ ماحولس متعلق زانکأری فراہم کرُن، شُری لأزی پیٚٹھے گرِژھ سائینسی سوچ تہٕ مزاز پأدٕ کرنُک خیال تھاونہٕ یِن۔ امہِ ادبہٕ کہِ وسیلہِ گرِژھ زانکأری، عِلم، ہدایت تہٕ تربیت وارِ وارِ شُربن تِتھےٚ پأٹھی آپراونہٕ یِنہٕ یِتھ پأٹھی ٹیوٚٹھ مگر فائید مند کھینہٕ بھاو مدریرُک مُلہِ مایہ کُرتھ آپراونہٕ یِوان چھ۔ گوڈٕے اوپ ژوپ کرنہٕ یِتہٕ گرِژھ شُر زِندگی گزارنہٕ باپتھ مُشکلاتن ہُنٛد مقابلہٕ کرنہٕ باپتھ تہٕ انسأنی سماجہِ کہِ رٕژرٕ باپتھ تیار کرنہٕ یِن۔

ادبی تحریرن منز چھےٚ زبان تخلیقی اندازِ ورتاونہٕ یِوان۔ یُس لیکھ تخلیقی ادبہٕ کِو مۆلہ عنصرَ وورأے آسہِ، تِتھ ہکوٚ نہٕ ادب وٕنِتھ۔ زبأنی ہُنٛد مخصوٗص ورتاو، تخٔیلُک وُپھ وار، خیال آفریٖنی، پأراوٕ کرِ وَل مثالے استعارٕ، تشبیہہٕ، تمثیل، ظرافت، تصوٗرأتی صوٗرتِ حال، حأرت، تجسیم کأری بیترِ، چھِ ادب پارن ہِنٛد بن مۆلہ عنصرن منز شأمِل۔ اماپوٚز کینژن معاملن منز ہشر اَستھ تہٕ چھ شُربن ہِنٛدِس ادبس تہٕ بالغن ہِنٛدِس ادبس منز بیٚن۔ یوٚ دوٚے زن شُری ادبس منز تخلیقی زبأنی ہِنٛدی سأری لوأزِم آسنۍ ضروٗری چھنہٕ تاہم چھس کانہہ نہٕ کانہہ عنصر ضروٗر آسان:

> "بے شک گرِژھ شُربن ہِنٛدِس ادبس منز جذبچ صداقت، زبأنی ہِنٛز لطافت، خیالُک تھزرتہٕ بیانُک حُسن شأمِل آسُن۔ تِم سأری اقدار و خصوٗصیات گرِژھن اتھ حأصل آسنۍ یِم گُنہِ زبأنی ہِنٛدِس

نثرس تہٕ شعرس ادبُک درجہ دِوان چھِ''۸

امیُک مطلب گوٚو نہٕ شُر بن ہُنْد ادب گژھ عاًن غاًن تی تہٕ تِتھےٚ آسُن، یُتھ بڈبن ہُنْد ادب آسان چھُ۔ شُرِس چھےٚ سادگی تہٕ معصوٗمیت، تِہنْدِ خاطرٕ گژھ واًنس نظرِ تل تھاًوِتھ ادب لیکھنہٕ یِن۔ مختلف واًنسہٕ ہنْد بن شُر بن ہنْدِ خاطرٕ ہیٚکہِ نہٕ یکسان ادب فاًیدٕ مند آسِتھ، لہذا چھُ یہ تہٕ پزرزِ:

ا۔ شُری ادب گژھ شُر بن ہنْزِ واًنسہِ تہٕ نفسیاتہٕ مطاًبق آسُن۔ مثالے یِمہٕ نرسری رایمہٕ ژُوٚہرِس شُرِس لُطف تہٕ سروٗر دِن تِم گژھن نہٕ داہوٚہرِس شُرِس پسند۔ نیٚشہِ بُڈِس ہیٚکہِ منزٕلی باًتھ سلہِ وِتھ تہٕ سکوٗن عطا کٔرِتھ، یِیلہِ زن یوہے منزٕلی باًتھ باہوٚہرِس شُرِس ناپسند آسِتھ ہیٚکہِ۔ یِم باًتھ چھنہٕ بالغن بلکہِ شُر بن ہنْدِ خاطرٕ ے۔ ووں گوٚو منزٕلی باًتھ چھِ ماجن بوس لوٗژراوان۔

۲۔ نرسری رایمو خاطرٕ چھنہٕ ضروٗری زِ یِمن گژھ کانٛہہ معنہِ تہٕ آسُن۔ ہرگاہ آسکھ، سو چھنہٕ ناکارٕگی مگر عام پاًٹھی چھےٚ یِمہٕ موزوٗن لفظہٕ تگہٕ آسان۔ یِم یِیلہِ بالغن کنٛن گژھان چھِ تِم چھِ یکدم یِمن معنہٕ ژھاران۔

۳۔ شُری ادبکی موضوٗع تہٕ تِمن ہنْدی مواد گژھن تِہنْزِ عقلہِ تہٕ سوٚچن بِترٕ مطاًبق آسنی، یِیلہِ زن بالغن ہنْدِ باپتھ ادبہٕ خاطرٕ تھٔدی تہٕ معیاًری موضوٗع گژھن آسنی۔

۴۔ شُری ادبس منز گژھ شُر بن ہنْزِ واًنسہِ، مزاجہٕ تہٕ دلچسپی مطاًبق تِہنْدِ نے مسلن باوتھ سپدٕنی۔

۵۔ شُری ادب گژھ تِہنْزو بدلوٗنو جِسماًنی، ذِہنی تہٕ نفسیاًتی ضروٗرژو مطاًبق آسُن۔

۶۔ شُری ادب گژھ خاًہی کٔرِتھ شُری ہنْدِ من رٔژِ وٚنچ کاًم کرُن مگر بےٚ شوٗنکی

پأٹھی گژھ شُرِس رُت شہری بننہٕ باپتھ تہٕ تیار کرُن۔

۷۔شُری چھِ مافوق الفطرت کہأنیہٕ تہٕ کردار سبٹھاہ پسند کران۔تم چھِ اکایل چیزن یکدم کاے دِوان یاں زِ Personification کران۔یہٕ چھُ تخلیقی ادبہٕ خأطرٕ ضرۆری تہٕ توٚے چھ تم غأر مأدی چیزن ہِندی ناوبۆ زِتھ تمن شکل دِوان، پسند کران تہٕ تمن ہِندِ گُنہٕ قِصس منز کردار بۆ زِتھ یاوُچھِتھ وہ لسنس یِوان۔تمن چھِ پٔری یہٕ کتھٕ، جاناوارن، کنِن، دیوٚن، جنٕن، جأدِک قأتِلین ہِندی واقعات پسند یِوان۔لہٰذا گژھ تہندِس ادبس منز Suspense تہٕ رۆمان آسُن۔دپان یِیلہِ بالغ پژھ دلیلہٕ بوزان چھِ تم چھِ تمہِ ساتہٕ ذِہنی طور شُری ہِندِس سوٚتھرِس پیٹھ وسان۔

۸۔شُربن ہِندِ ادبہٕ باپتھ گژھ مانوٗس، سہل، سادٕ تہٕ روأنی دار زبان ورتاونی۔ووں گوٚ واتھ تہٕ چھِ مختلف سوٚتھری۔وارِیاہ ادبی صِنفہٕ ہیکن بالغن تہٕ شُربن ہِندِ باپتھ یکسان أسِتھ۔مثالے بأتھ، وژُن، نظم، کہأنی، ڈراما، مکالمہٕ وغأرٕ مگر غزل چھُ صِرف بالغن ہِندِ باپتھ تہٕ رایمہٕ چھےٚ نیٚشہِ بدٕبن تہٕ شُری بأتھ ہُرٕ دُنہٕ وأنسہٕ ہِندبن شُربن ہِندِ خأطرٕ۔

۹۔شُربن ہِندِ باپتھ لیکھن وول گژھ شُربن ہِندِس مِزازس تہٕ نفسیاتس وارٕ پأٹھی أنزری منزی گومُت آسُن۔شُری چھِ ظرافت تہٕ زیادٕ ے پسند کران۔حالانکہِ یہٕ چھُ بالغن ہُندتہٕ پسندیدٕ چیز۔ووں گوٚ وشُری ادبس تہٕ بالغن ہِندِس ادبس درمیان چھےٚ سوٚے فرق یوسہٕ شُرِس تہٕ بالغس درمیان فرق آسان چھےٚ۔بالغ گژھن وٗنی شُری (یِم نوجوأنی کُن پکان آسان چھِ) چھِ کینہہ تم چیز تہٕ پسند کران یِم بِڈٕ أتی بالغن ہِندِ باپتھ لکھنہٕ چھِ آسان آمتی۔بالغ تہٕ چھِ شُری ادبُک وارِیاہ حصہٕ پسند کران مگر بُنیأدی کتھ چھےٚ زِ پڑتھ کانہہ چھُ پننہِ ژیٚنن بترٕ، سوٚنچہٕ، دِلچسپیہٕ تہٕ ذہنی معیارٕ مطأبق پننہٕ باپتھ نہٕ صِرف ادب بلکہِ زِندگی منزٕ اکاربکار یِنہٕ وألی باقے چیز تہٕ پسند کران۔

(۲)

شُری ادبُک ابتداء تہٕ ابتدأیی توأریخ بِد کڈُن چھ واریاہ مُشکل۔ وونی گوٚو مختلف قومن ہِنٛدِس لُکہٕ وۄترِس منٛز چھِ شُر بن ہِنٛدِ باپتھ لُکہٕ ادبُکی قدیم ترین بلکہٕ ابتدأیی نموٗنہٕ موجوٗد۔ یێلہِ انسانن لیکھُن پرُن ہیوٚ چھ، اِد کوٚرُن سینہٕ بہ سینہٕ چلہٕ وُن لُکہٕ وۄترٕ تحریری صوٗرتس منٛز محفوٗظ۔ گوڈٕ گوڈٕ نہٕ آسی چھاپ خانہٕ تہٕ نہ اوس کاغذ، لہٰذا اوس کنین، کتربن، دالہِ کھنٛجن تہٕ برزٕ دلبن پیٹھ لیکھنہٕ یِوان۔ وارٕ وارٕ گر سائینسن ترقی، کاغذ تہٕ چھاپ خانہٕ آو بارسس۔ عٔلمس تہٕ ادبس لوٚگ عرٗوجہِ۔ گوڈٕ گوڈٕ آیہٕ تِمن مُلکن منٛز شُر بن ہِنٛدِ خأطرِ کتابہٕ لیکھنہٕ تہٕ شایع کرنہٕ یِم سائینسی ترقی منٛز بێین مُلکن برٛونٛہہ آسی۔

کأشرِ زبأنی منٛز شُر بن ہِنٛدِ باپتھ ادب لیکھنس تہٕ وۄتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ دٔس۔ حالانکہٕ امہِ برٛونٛہہ اوس گُنوٗہمہِ صدی ہِنٛدِس سورن کالس منٛز مثنوی نِگأری تہٕ مثنوی خوأنی ہُنٛد چلے جاو۔ یوٚ دوٚے گُنہِ گُنہِ مثنوی منٛز کانٛہہ کانٛہہ لوکٹ قِصہٕ، کانٛہہ شعر بیتر شُر بن ہِنٛز دلچسپی ہُنٛد تہِ اوس، مگر نہٕ آسہٕ مثنوی یہ تہٕ نہٕ یِمن اندر موجوٗد موخصر قِصہٕ یا شعر خأہی کٔرِتھ شُر بن ہِنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ یِوان۔ شُری ادبچ کأم آس لُکہٕ ادبہِ کِس تتھ دلچسپ موادس ہبنہٕ یِوان، یُس صِرف شُر بن ہِنٛدِ باپتھے وجوٗدس آمت اوس، یِمن منٛز مثالے شُری بأتھ (Children's Songs)، منٛزِلی بأتھ (Cradle Songs)، گِنٛدن بأتھ (Play Songs)، نژن بأتھ (Dance Songs)، شُری باشہِ ( Nursery Rhymes)، بأتہٕ کتھہٕ، پٔری یہ کتھہٕ، ڈٲلپہٕ، چاٹھ، پزٕیژھ تہٕ بادشاہ کتھہٕ وغأرٕ شأمل چھ۔ کأشر زبان چھےٚ لُکہٕ ادبہٕ رٔنٛگی مالدار۔ امیُک اعتراف چھ یوٗرپی عألمو تہٕ فاضلو تہِ کوٚرمُت۔ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہِنٛدِ اہتمامہٕ شایع سپدیمژن لُکہٕ شأعری ہِنٛزن ترٛٲہن

سۆمبرنن منز چھِ اکہ پلہٕ ۱۲۰ ؍منزلی بأتھ، ۴۰۰ ؍شُری بأتھ، ۱۵۰ ؍ہکچہ بأتھ، ۲۰ ؍گنڈ باشہٕ، ۳۰۰ ؍پزیژہ، تہٕ ہتہٕ بٔدی منظوٗم محاورٕ۔ کٲشرِ منز چھےٚ دلیلہٕ ونچ تہٕ بوزنچ سبٹھاہ پرٲنی روایت۔ پیٚتی چھےٚ کینٛہہ مشہوٗرِ عالَم دٔلیلہٕ کتابہٕ مثالے پنٛچ تنتر[۹]، گناڑے سِنز برہت کتھا[۱۰] تہٕ سوم دیوٗنی کتھاسرت ساگر[۱۱] لیکھنہٕ آمژ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی یمہٕ لگہٕ کتھن ہنٛز اڈ درجن سۆمبرنہٕ شایع کرمژ چھےٚ تِمن منز چھےٚ شُربن ہنٛدِ باپتھ وارِیاہ دٔلیلہٕ۔

## (۳)

یۆدوَے ۱۹۴۷ء پتہٕ کانٛسہِ کأنسہِ شأعرن بأتھاہ بأتھاہ شُربن ہنٛدِ خأطرٕ لیکھُن ہیوٚت تہٕ وُہمہِ صدی عیسوی ہنٛدِس پوٗرمِس دٔہ ؤرِس منز شُربن ہنٛدِ باپتھ نثر لیکھنُک تہٕ شایع کرنُک سِلسلہٕ تہِ شروٗع گوٚو تاہم چھُ شقہٕ پأٹھی ونُن مُشکِل زِ کأشرِ زبأنی منز شُری ادب لیکھنُک دٔسلابہ کتھ ؤرِیس منز سپُد۔ گوڈٕ گوڈٕ لیچھ عبدالاحد آزاد (۱۹۴۸ء - ۱۹۰۳ء) تہٕ غلام احمد مہجورن (۱۹۵۲-۱۸۸۸ء) شُربن ہنٛز دلچسپی ہنٛز کینٛہہ نظمہٕ۔ ۱۹۴۹ء منز آیہِ کأشر زبان پرایمری سوٚتھرِس پیٹھ سکوٗلن منز ذٔریعہ تعلیم بناونہٕ۔ اتھ مرحلس پیٹھ آیہ نہٕ اَتھ زیادٕ کالس سکوٗلن تھیتھ دِنہٕ (یاں زِ، یہِ آیہ نہٕ تتہٕ زٕ رناونہٕ)۔ تۆتہِ آو گوڈنچہ لٹہِ نصأبی ضرورژ باپتھ تدریسی مواد تیار کرنہٕ۔ یہِ مواد تیار کرن والین منز أسی مرزا غلام حسن بیگ عارف، نندلال امباردار، فاضل کشمیری، پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر توشخأنی، قاری نورالدین، اختر محی الدین، سید اکبر ہاشمی، امین کامل، تنہا انصاری، پروفیسر رحمان راہی تہٕ پروفیسر غلام نبی فراق بیترٕ۔ اما پوٚز ۱۹۵۳ء منز آیہ کأشر زبان سکوٗلو منزٕ کڈنہٕ تہٕ شُربن ہنٛدِ باپتھ لیکھنس آو دُلتہٕ۔

پزٕ رچھُ یہِ زِ کأشر بوٚ شاعروتہٕ ادیبوٚ دیُت نہٕ شُری ادب لیکھنس کُن پزٕنہٕ پأٹھۍ توجہٕ۔ شُری ادبس اُس نہٕ یُژ اہمیت تہٕ دِنہٕ یوان تہٕ شُربن ہنٛدِ خأطرٕ ہےٚ کانٛہہ لیکھِ ہے تہٕ، تِمس اُس نہٕ حوصلہٕ افزأیی میلان تہٕ قدر افزأیی ہنٛز اُس نہٕ کینٛہہ۔ اما پوٚز یہِ صوٗرتِ حال روٗزنہٕ زِیادٕ دٕس کالس۔ واریاہو لِکھاربو ہیوٚت اور کُن توجہ کرٕن، یِمن منٛز غلام احمد فاضلؔ کشمیری، شمبوٗ ناتھ بٹ حلیمؔ، ناجیؔ منور، ایوبؔ صابر، غلام نبی ناظرؔ، نشاط انصاری، دینا ناتھ نادمؔ، بشمبر ناتھ کولؔ، شنکر ناتھ کولؔ، نور محمد روشنؔ، خضر مغربیؔ، سید رسول پونپرؔ، شیخ راضیؔ، غلام نبی آتشؔ، فیاضؔ تِلگامی، رشید کانسپوری تہٕ روٗحی جان بیترِ شأمل چھِ۔ ووٚنۍ چھنہٕ کأشرِ شُری ادبٕچ مجموٗعی صوٗرتِ حال مایوٗس کُن مگر ووٚنہٕ پُھ واریاہ کینٛہہ کرٕن۔ یتھٕ پأٹھۍ مرکزی وزارتِ تعلیم طرفہٕ ووٚہمہِ صدی ہنٛدِس شیٚیمس دٔہی لِس منٛز علاقأیی زبانن منٛز لیکھنہٕ آمژن شُربن ہنٛدِ باپتھ بہترین کتابن انعامہٕ دِنہٕ کہِ معنہٕ ساوِ سِلسِلہٕ کہِ شروٗع گژھنہٕ ستۍ واریاہو کأشربوٚ لِکھاربو کتابہٕ لیچھایہٕ تہٕ شایع کرِیایہٕ، یِمن منٛز کینٛژن انعامہٕ تہٕ حأصل سپدیاو، یتھٕ پأٹھۍ ہےٚ بیٚیو ادبی تہٕ ثقافتی ادارو تہٕ حوصلہٕ افزأیی رٔنٛگۍ یِتھےٚ سِلسِلاہ شروٗع کوٚرمُت آسہِ ہے، کأشرِس شُری ادبس آسہِ ہے معیارٕ تہٕ مقدارٕ رٔنٛگۍ واریاہ ہُر بر سپدمُت۔ مرکزی سرکارن کرٕ ووٚتِمی زمانہٕ سُہ سِلسِلہٕ بنٛد۔ واریاہ وَق گزٕھتھ کوٚر ۲۰۱۰ءمنٛز نوٚ دِلہِ ہنٛز ساہتیہ اکادمی یِتھےٚ انعأمی سِلسِلہٕ شروٗع، امیُک نتیجہٕ دژاو زِ معیأری کتابہٕ ہیٚژن بازرٕ یِنہٕ۔ لِکھاربو ہیوٚت زیادٕ سنجیدگی سان شُری ادبس کُن توجہ کرٕن۔ کتھ چھنہٕ زِ پزٕتھ کانٛہہ لیکھِ انعامہٕ کہِ مارٕ مَتہٕ، بلکہِ چھُ سوال اہمیتُک، حوصلہٕ افزأیی تہٕ قدر افزأیی ہُنٛد۔ یٚتۍ موکینٛژ وِریو پیٹھٕ چھےٚ کأشر زبان سرکأری تہٕ غأر سرکأری سکوٗلن منٛز اکہِ لأزمی مضموٗنہٕ رٔنٛگۍ پرناونہٕ یوان۔ امہِ مقصد خأطرٕ یُس نصأبی مواد سٹیٹ بورڈ آف سکوٗل ایجوکیشن طرفہٕ تیار کرنہٕ آو، تتھ

ہکن خامیہ تہٕ آستھ تہٕ تۄ سببہٕ اصلاحچ گنجائش تہٕ ضرورت تہٕ آستھ، مگر سہٕ وۄچھتھ چھنا نان زِ کاشُر شُری ادب چھنہٕ خدانا خواستہٕ تیوٗت پھانگر زِ شرمندگی ہُند احساس گژھ۔ حالانکہِ یہِ تدریسی مواد چھُ ( National Curriculam Framework-2005 ) مطابق تیار آمُت کرنہٕ، یتھ منز ماحول، کلچر، سائینس، زبان، صحت وصفائی، اخلاقیات تہٕ حُبِ وطن علاوٕ انسانی ہمدردی تہٕ مذہبی روادأری متعلق دِلچسپ تہٕ معنہِ ساوی مضامین شامل چھِ۔ تدریسی تہٕ نصابی نوعیتُک اکثر مواد چھُ زانکاری دِنہٕ باپتھ آسان۔ لہذا ہیکِہ نہٕ سہٕ سورُے مواد ادب آستھ، مگر اتھ منز چھُ شُربن ہنز وأنسہِ، ذہنی سوٗتھرٕ ئک تہٕ دِلچسپی ہُند خیال ضرور رتھاونہٕ یوان تہٕ وارِیاہ ادبی چیز تہٕ چھِ اَتھ منز شامل آسان۔ بڑونہہ اوس شُر شہٕ وۄہُر وأنتھ سکوٗلس اندر اوٚل جماژ منز درج یِوان کرنہٕ تہٕ شُراہ وۄہُر وأنتھ اوس دٔہم جماتھ پاس کران تہٕ ارداہ وُہرِس اوس بٲہم کلاس پاس پیوان کرُن۔ وونی چھُ ژُوہرِ ے شُر اَوٚلس منز درج سپدان تہٕ سہٕ چھُ ارداہ وۄہُر وأنتھ ژودأہم جماتھ پاس کران۔ حاصلِ کلام چھُ یہِ زِ اَمِس شُری ہندِ کالیج سوٗتھرُک زوٗری تہٕ چھِ بچپنِ کس وانگس منز یوان تہٕ اتھ سوٗتھرِس تام یُس کاشُر تدریسی مواد تجویز کرنہٕ یِوان چھُ، سہٕ چھُ دراصل شُری باپتھ خاطرٕ ے۔ لہذا چھے شُری ادبہٕ کس معیارس پاوِ پاوِہیر پیوان کھسُن۔

(۴)

وونی چھِ کینہہ سرکأری ادبی تہٕ ثقافتی اِدارٕ تہٕ کاشُر شُری ادب لیکھناونہٕ، اتھ منز نوٚو تقاضو مطابق معیار قایم کرناونہٕ تہٕ یہِ شایع کرِتھ شُربن تام واتناونہٕ باپتھ کام کرنہِ لگیٚمتی۔ تِمن پیوٚ وادرٕ کُن وارِیاہ ژیرِی ظوٗن مگر توتہِ چھے تِہنز کوٗششہِ غنیمت۔ یِم اِدارٕ

چھِ نیشنل انسٹیچوٹ آف ریجنل لنگویجز میسور، نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا، راجیو گاندھی فاوٗنڈیشن تہٕ ساہتیہ اکادمی بیترِ۔ یِم چھِ گاہے گاہے ورکشاپ تہٕ سِمپوزِیم منعقد کران۔ کتابہٕ چھاپان تہٕ تِمن شُربن وَنہٕ کڈان یِمن ادب تخلیق کرنٕچ صلاحیت آسہٕ۔ ریڈیو کشمیر سرینگر تہٕ دوٗردرشن سرینگر چھِ ہیتھے شُربن ہِندِ باپتھ کاشرِ زبانۍ منز پروگرام نشرتہٕ ٹیلی کاسٹ کرِتھ کاشرِس شُری ادبس فائدٕ واتناوان۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہِندِ طرفہٕ یوٗ دوٚے کاشرِس شُری ادبس سٕہ توجہ پاتھیوٚ ونہٕ یُس پاتھن گوٚ ژھس مگر أمی ادارن مُشر دوتہٕ نہٕ یہِ ادب۔ لُکہٕ شاعری ہٕنزن ترٛٲہن سوٚمبرنن منز، یِمہٕ اکیڈیمی ہِندِ اہتمامہٕ سوٚمبراونہٕ، ترتیب دِیاونہٕ تہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ چھےٚ، یُس باگہِ بوٚرُت مواد شُربن ہِندِ باپتھ شامل چھُ، آوامی ادارٕ طرفہٕ الگ الگ کتابن منز تہٕ شایع کرنہٕ۔ موادٕچ ژٲر چھےٚ بشیر اخترن کرمٕژ۔ اکیڈیمی ہِندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمتین لُکہٕ کتھن ہِندین مجموٗعن منز چھےٚ شُربن ہِندِ باپتھ تہٕ واریاہ لُکہٕ کتھ۔ أمی ادارن کوٚر اختر محی الدین سُند ترجمہٕ کوٚرمُت مہاتما گاندھی سُند ذات نامہٕ ''میانبن تجرُبن ہٕنز داستان'' پنڈت جواہر لال نہرو سٕنزن اِندرا گاندھی ہِندِ ناوٕ لیچھمٕژن چِٹھن ہُند ترجمہٕ ''مٲلی سٕنزٕ چِٹھِ کورِ ہِندِ ناوٕ'' یُس ناجی مُنورن کوٚرمُت چھُ شایع۔ ناجی مُنورن چھُ واریاہن مُلکن ہٕنزن دٔلیلن ہُند ترجمہٕ تہٕ کوٚرمُت یُس کلچرل اکیڈیمی ہِندِ طرفہٕ ''دُنیاہٕچہٕ دٔلیلہٕ'' ناوس تحت شایع سپُد مُت چھُ۔ سرارک اریل سٹین صٲحبن یِمہٕ کاہ کاشُر دٔلیلہٕ حاتم تِلوأنس نِش بوٗزِتھ ۱۹۲۳ء منز لندنہٕ روٗمن رسم الخط منز ''Hatam's Tales'' ناوس تحت شایع کرمٕژ آسہٕ، تِم پھِرِ محمد یوسف ٹینگ تہٕ بشیر اخترن مُروجہ کاشرِس رسم الخطس منز تہٕ کلچرل اکیڈیمی ہِندِ اہتمامہٕ آیہٕ ''حاتم کتھٕ'' ناوٕ ۱۹۸۹ء منز شایع کرنہٕ۔ امی اِدارن کوٚر ''کلیلہٕ ودمنہٕ'' فارسی دٔلیلہٕ کتابہِ ہُند کاشُر ترجمہٕ تہٕ شایع، یُس پروفیسر

مرغوبؔ بانہالی کوٚرمُت چھُ ۔ یَمن ترجمہٕ سپد یمٕژن کتابن منٛز چھُ شُربن ہنٛزِ دلچسپی ہُنٛد مواد تہٕ موجوٗد ۔ ۱۹۹۶ء منٛز کوٚر کلچرل اکیڈیمی تہٕ نَوِ دِلہِ ہنٛزِ پوئٹری سوسائٹی پانہٕ وأنۍ اتھ واس گرِتھ سرینگرس منٛز نوخیز شأعرن ، یِہنٛز وأنٛس بَہہِ پیٹھہٕ ارداہ وٕری تام اُس ، اکھ پوئِٹری ورکشاپ منعقد ۔ اتھ منٛز سپدۍ ۳۹ رنوخیز شأعر شأمِل ۔ یَمن شعر گوٚیی ہنٛد بن لوأزِمن ہنٛز زان تہٕ تربیت دِنہٕ آیہِ ۔ اتھ ورکشاپس منٛز نوخیز شأعرو ہنٛدِ دٕسی تیار کرنہٕ آمتہِ کلامُک مجموٗعہٕ ''پھولوٕنۍ ٹوٗرٕ'' کوٚر کلچرل اکیڈیمی اَمی وٕری یہِ شایع ۔ پانژہأٹھن وٕرِین ہنٛدِس شاندار سفرس دوران کلچرل اکیڈیمی ہنٛز شاندار کأم نظرِ تل تھأوِتھ چھےٚ شُری ادبہٕ باپتھ کرنہٕ آمٕژ کأم آٹہِ نوٗناتہٕ بَس ۔ اما پوٚز ووٕنۍ چھےٚ کلچرل اکیڈیمی شُری ادبس کُن سنجیدگی سان توجہ دِنہِ ہُمٕژ ۔ لمہِ کے نتیجِہ چھےٚ کأشرِ شُری ادبٕچ دَرِدَس سوٚمبرن ، یوسہٕ امہِ سِلسلٕچ گوڈنٕچ باضأبطہٕ کوٗشش چھےٚ ۔



# حاشیہ تہٕ حوالہٕ


۱: Children's Literature
Source:http://en.wikipedia.org/w/index.php?01did=463494223

۲: اردو میں بچوں کا ادب: مصنف: ڈاکٹر خوشحال زیدی، ص:۱۷، ؤری ۱۹۸۹ء، ناشر: جامعیہ ملیہ، اسلامیہ دِلی۔

۳: Britanica Junior Encyclopaedia
(For Boys & Girls), Vol: 4, New York, Charles Scrubner's And Sons, 1950, 1980

۴: A Critical History of Children's Literature Meigs, Carnelia And others-Page,Vol:7

۵: محمد شفیع الدین نیر بہ حوالہٕ اردو میں بچوں کا ادب، مصنف: ڈاکٹر خوشحال زیدی ۱۹۸۹ء، ص:۶۷، ناشر: جامعیہ ملیہ اسلامیہ دِلی۔

۶: بچوں کا دب اکیسویں صدی کی دہلیز پر، مصنف: ڈاکٹر خوشحال زیدی، ؤری: ۲۰۰۷ء، ص:۱۷

۷: گہہ ؤٹ: پروفیسر رحمان راہی، ؤری: ۱۹۷۹ء، ص:۱۹، ناشر: مصنف

۸: بچوں کا دب اکیسویں صدی کی دہلیز پر، مصنف: ڈاکٹر خوشحال زیدی، ؤری: ۲۰۰۷ء

۹: ''پنچ تنتر'' چھےٚ سنسکرت زبانہِ منز لیکھنہٕ آمژ ن ڈلیلن ہنز کتاب، یوسہٕ جنوبی ہندوستانس منز وشنوشرما لیچھمژ آس، اما پوٚ زوٚننہٕ چھ یوان زِ یہِ آس کشیرِ منز ے لیکھنہٕ آمژ۔
حوالہٕ: کشیر فوک لور، اے سٹیڈی اِن ڈسٹارِکل پژاسپیکٹو، مصنف: ڈاکٹر فاروق فیاض ۲۰۰۸ء، ص:۲۷

۱۰: دپان یہِ آس پشاچی زبانہِ منز، امہِ کہِ لیکھنہٕ پنک وق چھ گوڈنچہِ صدی عیسوی پیٹھ شیٖیمہِ صدی عیسوی تام وَننہٕ یوان۔

۱۱: امیک مصنف چھ سوم دیو، یُس راژ انںت ہندِس زمانس منز اوس۔




(۱)

دۆر بلاے ژٕج یو　　موج بلایہِ ژٕج یو

مول گۄوُے گامن　　سُہ ہو تۍِ شامن

دۆر بلاے ژٕج یو　　ماس بلایہِ ژٕج یو

نٲلۍ تژاوے اطلاس　　چنٛدس تھاوے روپیہ ساس

دۆر بلاے ژٕج یو　　موج بلایہِ ژٕج یو

سون چُھکھو شیرتاج　　ڈٔکہِ بڈٕو کرُو راج

باز زٕینٛی ژٕج یو　　دۆر بلایہِ ژٕج یو

سورگہِ لۆکہِ آکھو　　گرٕ سون ژاکھو

سز تہٕ صابن مٕج یو　　بیٚنہِ بلایہِ ژٕج یو

ہو تہٕ ہو کرأیو　　لول تہٕ ماے برأیو

دۆر بلاے ژٕج یو　　موج بلایہِ ژٕج یو

ماتامالہٕ اوسے سال　　آکھ وُچھتھ ماتامال

نانہِ پوٚژہر وٕج یو　　موج بلایہِ ژٕج یو

دۆر بلاے ژٕج یو　　موج بلایہِ ژٕج یو

☆☆

(۲)

لالہٕ پھلہِ ژٕنٛد نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

دبٕدٕ چھےٚ واراہ     کوٚسہٕ اکھ وٕنٛدٕ نَے

لالہٕ پھلہِ ژٕنٛد نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

میٛانہِ اکہٕ نٕنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

کوٚچھِ کوٚچھِ گِنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

بیٚنہٕ ہو گِنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

کھَنٛڈٕ نَے تہٕ قنٛدٕ نَے     اسہٕ نَے تہٕ گِنٛدٕ نَے

لالہٕ پھلہِ ژٕنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

لأنٛز کرِم خنٛدٕ ہےَ     نٛیاے چھِما انٛدٕ نَے

میٛانہِ اکہٕ نٕنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے

لالہٕ پھلہِ ژٕنٛدٕ نَے     کوٚسَو دبٕد وٕنٛدٕ نَے



(۳)

ہو تۃٔ ہو سئلو یئے     گُلاب تھرِبن تئلو یئے
موج تیِی ؤلو یئے     ہو تۃٔ ہو سئلو یئے
سو چھےؔ وٹۂ لِوان دان     انی موونگۂ پھٔلو یئے
مول تیِی ؤلو یئے     ہو تۃٔ ہو سئلو یئے
سُہ چُھے گومُت سوءنری وان     بُنگرِ أنی مٔلو یئے
بوے تیِی ؤلو یئے     ہو تۃٔ ہو سئلو یئے
سُہ چُھ گومُت چھانۂ وان     کھڑاو أنی مٔلو یئے
بیؔنۂ تیِی ؤلو یئے     ہو تۃٔ ہو سئلو یئے
سو چھےَ گُمرٔ استان     انی نۄرِ پھٔلو یئے
ہو تۃٔ ہو سئلو یئے     گُلاب تھرِبن تئلو یئے



(۴)

گاشہِ موّت ہے آو دارِ ۔کنز ہے ژاو
سُلہِ سُلے آو دارِ ۔کنز ہے ژاو
پوڈِبرِ چھسے پھیٹز یے نِکہِ لالس کتڑیے
یتزمَس ہے لاگنز گے سے رِتی یے
گاشہِ موّت ہے آو دارِ ۔کنز ہے ژاو

☆☆

(۵)

وُٹھن لگے وُٹھانی ٹاٹھی میاٗنز پٹھانی
کونے چھِھم وبٹھانی وُٹھن لگے وُٹھانی
ہنڈر ژرے نے یوانی دود گلہِ گلہِ چیوانی
دودِ بتاہ کھوانی وُٹھن لگے وُٹھانی
گنڈنہِ چھکھے دوانی ہکٹ کران گبوانی
ٹاٹھی میاٗنز پٹھانی وُٹھن لگے وُٹھانی

☆☆

(٦)

دوۡءِ باچھن لگائیو دوۡءِ باچھن لگائیو
موج گئِي کپسہِ کاچھن دوۡءِ باچھن لگائیو
مہ آس وَدن مہ آس پچھن دوۡءِ باچھن لگائیو
سو چھےَ بأر کران باچھن دوۡءِ باچھن لگائیو
نہرِ ہیتھ گیہِ مکایہِ راچھن دوۡءِ باچھن لگائیو
موج گئِي کپسہِ کاچھن دوۡءِ باچھن لگائیو



(۷)

وۆلا نِکہِ بَہ ہا لگےَ تام شونگو ساوَتھ
وۆلا نِکہِ بَہ ہا لگےَ تام شونگو ساوَتھ
ڈیڈی چھُے افسر سُہ ہا گوٚوٗ ے دفتر
یوٚ تان تورِ واپس یِیِ توٚ تاں سلہِ ناوَتھ
وۆلا نِکہِ بَہ ہا لگےَ تام شونگو ساوَتھ
ممی ہا چھےَ افسر سو ہا گئِي دفتر
یوٚ تاں تورِ پھیرِتھ یِیِ توٚ تاں سلہِ ناوَتھ
وۆلا نِکہِ بَہ ہا لگےَ تام شونگو ساوَتھ



(۸)

چھِی بنےَ مُرۂی کنن دوٗر　　گوٗر گوٗر گوٗر گوٗر

یڈٔ صبوٗر آے پوٗر　　گوٗر گوٗر گوٗر گوٗر

سانۂِ کورِ بلاے دوٗر　　گوٗر گوٗر گوٗر گوٗر

ڈیکس ٹِکہٖ بُتھِس نوٗر　　گوٗر گوٗر گوٗر گوٗر

آے پوٗر عُمر پوٗر　　گوٗر گوٗر گوٗر گوٗر



(۱)

بِشتۂِ بِشتۂِ بڑاریۏ　　کھوّت کھووَن

تورِ رِکھو ووُلتھ　　بَبرے پِن

سُہ کسۏ دِیُتتھو　　وَتۂِ لۏکن

وِتۂِ أَس پکان　　مھراۂز ہن

تۂمی ہے گُٔنڈِتھ　　تنہِ ہن

تۂمی دِژنَیو　　پوٛنسہٖ ہن

تتھ کیاہ اوٗنُتھ　　ننبہِ ہن

شُرہن بُٔرتھ　　یییّڈِ ہن

نوشی پوشی نو　　أَڈِی جہِ ہن

نوشِ کھٔرشیو　　قاۂضی وان

پوٛنس پُلہٖ ہور　　چُھنہٖ میلان

پُلہٖ ہور شۏبان　　گرٛیسی باین

گرٛیسی بایہِ لاران　　گُجہِ کوٛنشن

گُجہِ کوٛنشہِ شۏبان　　خوجہِ باین

☆☆

(۲)

اؤگُس بۆگُس تِلہٕ وأنی ژُؤگُس

اؤنُم بطُخ لۆدُم دیگہِ

شال ٻَکچ ٻَکچ وانگنو

بِڑمجہِ ہارس پۆنی چھۆگُم

بِڑمجہِ بٹہٕ نے ٹیکِس ٹیکٕ نیاہ



(۳)

نانہِ دِیُتُم دانے دانہِ دِیُتُم کنژس

کنژن دِیُتُم تۆمُل تۆمُل دِیُتُم گرٹس

گرٹن دِیُتُم اوٹ اوٹ دِیُتُم ڈُلکجے

ڈُلکجہِ دِژم میٹ میٹ دِژم تاوے

تاوِ دِژم ژؤٹ ژؤٹ دِژم مامس

مامن بأگرأ وگامس



(۴)

مأسےَ مأسےَ

کیٚاہ چھکھ کران؟ ہرٚن ژھاران

ہرٚنہٕ کیٚاہ چھے کرُن؟ پن تارُن

پنس کیٚاہ چھُے کرُن؟ گوژر سُونٔز

گوژرِ کیٚاہ چھُے کرُن؟ پوٚنسہٕ تھاوٕنٔز

پوٚنسن کیٚاہ چھُے کرُن؟ گاو اَنٔنز

گاوٕ کیٚاہ چھُے کرُن؟ دود ہیوٚن

دودس کیٚاہ چھے کرُن؟ چوٚن تہٕ چاوُن

☆☆

(۵)

کُس با چھکھ؟ سزٕوُل

کیٚاہ چھکھ ژھاران؟ انہِ مہٕ ڈُل

سُہ کٔمی نیٚؤوُے ژٕےتہٕ بیٚیہٕ کٔمی

مےٚ کر چوٚو روٗ دیٚیلہٕ پیوٚو

ژٕے چھکھ ژوٗر

کُٹہٕ وال والی لوٗر

نانانا نا بابا نا

☆☆

(۶)

گرٕ بٹہٕ پہہ دٔی تو ! — ییٚتہٕ چھِنہٕ کاتھہ

تِم کوٚت گٲمتۍ — نۄنس تیپلس

بڑٕ موج کتہٕ چھےٚ؟ — گُچھہِ پٹھ پیاٚمٕژ

کیاہ چھُس زامُت؟ — نیٚچوٚو پلاہ

ناو کیاہ کوٚر رووُس؟ — حبیب اللہ

ناٚلۍ کیاہ ژھُنوُس؟ — لوچھہ تہٕ پوژھ

وو ڈِ کیاہ دیتوُس؟ — کورِ کلہٕ پوش

سِیٚن کیاہ رُونہٕ ووُس؟ — سوژِل تہٕ ہاکھ

کَمۍ سنٛزِ وارے؟ — گِلہِ ہنٛزِ وارے

گِلہ ماما رے — روپے وارے

☆☆

(۷)

زوٗن موج زوٗنی

انگن منگن ژتہٕ جی

تِم کس ہٕکنے

رأیس ہٕکنے

رأے کیاہ دِتےُ کھسُن گرٕ تہٕ وٕنٛز ناو

☆☆

(۸)

تُلتھےَ لونگُن تُلان چھَس
داجہِ لونگُن تُلان چھَس
شۄرتھےَ آب شۄرُم ہأے
دِژتھےَ پۄژ دِژم ہأے
ؤج تھےَ وورا ؤجم ہأے
لوگہِ تھےَ جور لوگُم ہأے
لوگتھےَ گہنہِ لوگُم ہأے
لوگہِ تھےَ سورمہِ لوگُم ہأے
ہیۆت تھےَ روخصت ہیۆتُم ہأے
دژلہِ کھےَ وأرِو دژایس ہأے

☆☆

(۹)

کاوَو کوٗر یینہٕ وول اسہِ تہٕ کھیوٗ و سالاہ
یا اللہ لُسی تَم بأے لالاہ
بتہٕ کھےٚ تڑ اُمیا چاے چیوٗ و پیالاہ
یا اللہ لُسی تَم بأے لالاہ
اپٕزٕ یارِ بُلبُلو پٕزٕ یارِ کاوو
اِدِ کونہٕ میٛونُے مول آوو
زوٗن موج زوٗنی ہأنکل مُٹراو تےَ
بہٕ تہِ چھس چأنی وأنکل کوٗر

(لوچن کور بن ہُندونہٕ وُن)

☆☆

(۱۰)

ریثزِس رگنڈُم
ریثزِس رگنڈُم
بین اوٗنُم.........بازرَے
شیشہِ دارے
پأنے لوٗیُم
رُم گیم شیشس.........ہتےَ ہاے
ہتےَ ہاے

بب ہےَ دپسم

یہِ کیا کوٗ رُتھ

بہِ ژھوپہِ ژھوپےَ..........پھرَس چاے

☆☆

(۱۱)

شأج پیٹایہِ شال زاس　　نُنڈِ گوس خبرے

یورِ دیُتنَس ٹھُلہِ بوٗگ　　تورِ دیُتنَس زِلہِ بوٗک

☆☆

(۱۲)

ہوپہِ لیٖلہِ ژھوپہِ کر　　موج گئی گرٛبٹہِ بل

تورِ انی سوٗت پَل　　اوٗڈ تھاو چنڈس

تیٖہن کھیٖزِ وَنڈس　　اوٗڈ تھاو اٰلِس

کھیٖزِ ربتہِ کائِلس

☆☆

(۱)

ٹھس گوم ہاٹکلہِ چانہِ کلہِ بۆمبرو
جود گوم یئمبرزولہِ چانہِ کلہِ بۆمبرو
مسوَلہِ دود بلہِ چانہِ کلہِ بۆمبرو
لۓدر گوم پھلہِ پھلہِ چانہِ کلہِ بۆمبرو

☆☆

(۲)

سورمۓ برِتھ سرٛنجن چھُمےَ لو تۓ لو
سون برُتھ گنجن چھُمےَ لو تۓ لو
لالۓ گومُت نجن چھُمےَ لو تۓ لو
مائنز گرِتھ پنجن چھُمےَ لو تۓ لو

☆☆

(۳)

دارِ پیٹھ طوطےَ
سُہ چھےَ میانہِ کھوتۓ
پۆژِ میانہِ فوطےَ
سُہ چھےَ میانہِ کھوتۓ

☆☆

(۴)

ہِکٹا مِکٹا

بأَے أَنم ڈؤنی کاہ

کھبمہِ کیٹا چیمہِ کیٹا

بانہِ گُٹھِ سِوِ کیٹا

ہشہِ زأم دِمہِ کیٹا

☆☆

(۵)

یورِ وٗژِھس خانقاہ

تورِ کھأَرِم بانہِ کاہ

تمَے تھأدِم تشٗد لے

پانہِ وٗژِھس گِنٗڈِ نے

وأنگہِ پٹس دکہِ لوٗگُم

ہِکہِ چِی چِی

☆☆

(٦)

وژسہِ با وژس
حبہِ کدِل وَس
تتہِ میئانٔز وبس
پوش لاگس یم شُبہِ نَس
حال باوس
وژسہِ با وژس حبہِ کدِل وَس

☆☆

(٧)

ہِکٹ کرَو ترٔ کِٹ منُو داں کھار
رنَو کتے واز وان
کھمو کتے منڈِ لے
رِ نڈِ پھوٗ پھوٗ

☆☆

تھرِ پھوٚلمُت نوزُک گُل    کِنہٕ تارُکھ کِنہٕ بُلبُل
ژھوپہٕ گیہِ یَوروپہٕ سُنٛدوَس    لس پنہٕ نِس مأرِس لَس

(شیخ راضیؔ)

# مٔژلی بأتھ

(یِم مختلف شأعرو لیٚکھی مِتی چھِ)

نشاط کشتوآڑی
(کشتواڑ:۱۹۹۲ء-۱۹۰۹ء)

(۱)

## ہو ہو کریَو

ہو ہو کریَو ہو ہو کریَو
ہو ہو کریَو ہو ہو کریَو
گٹہِ مژ آہم گاہا بنٔ تھے
یعنے شبہِ کُے ماہا بنٔ تھے
آہم زن اکھ شاہا بنٔ تھے
شپراہ چیٔتہِ مو مایا بریو
ہو ہو کریَو ہو ہو کریَو
عائش آراما چونٔے دُشمن
فرش کنڈبن ہُنڈ چونٔے دُشمن
اِز ہا بنکھ ژے تھیکہِ وُن خلقن
یِی ہا بہِ ونڈیو یِی ہا بہِ سرِیو
ہو ہو کریَو ہو ہو کریَو
مونہِ میٹھی کریو لولاہ برِیو
لولا بریو ہو ہو کریَو
ہو ہو کریَو ہو ہو کریَو

غلام احمد فاضلؔ کشمیری
(ڈب تل مہاراج گنج، سرینگر: ۲۰۰۴ء - ۱۹۱۶ء)

# میٖانہٕ کلیووے

دود چھٕو، چھٕو گلہِ گلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
جگرس مےٚ دو شر ژلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
یێلہِ چون موٹر چلہِ بو دِمےٚ گُر، گوٚنڈ تہٕ ناو
دُشمن وُچھِ تھلہِ تھلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
بولہٕ وُن کوٚستوٗر کلہِ بوزِ یێلہِ چون گُفتار
کتھِ چانہِ بیمار بلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
عٔلمہٕ چہٕ نوٗرٕ مشعلہِ لگہِ آفتابک آے
گٹہٕ ژلہِ پێیہِ چھلہِ چھلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
چلہٕ بچہِ اَءخر ژلہِ بێیہِ پھولہِ شالامار
سُنٛبلو ؤن یمٕبرزلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
ژےٚ گنڈی شمشیرٕ ہلہِ وقتُک بوٚڈ سُلطان
تہٕ وُچھِتھ رُستم ہلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے
سون بنہِ چانہِ سرتلہِ فاضلؔ تتہِ حأران
شِترن تام ہوش ڈلہِ ہتہٕ میٖانہِ کلیو وے

☆☆

پروفیسر حامدی کشمیری
(سرینگر: ۱۹۳۲)

# تارَکھ شوٚنگی

پیاراں پیاراں تارَکھ شوٚنگی
کوٚ چھکھ نہٕ شوٚنگان، تارَکھ شوٚنگی
چھُنہٕ انہِ گوٚٹ ووٗنیٚ برٛونٹھ پکان
پزٛبزلان پزٛبزلان تارَکھ شوٚنگی
لولہِ منز چھکھ گِنٛدٕ باشہِ کران
گِنٛدی گِنٛدی کرتاں تارَکھ شوٚنگی
نِنٛدرِ تہٕ خابن میُل گومُت
ساوان ساوان تارَکھ شوٚنگی
اوٗش چھُکھ ہاران اسان اسان
وِہر بدلاوان تارَکھ شوٚنگی
چھےٚ زوٗنہٕ موج ڈٲلیہٕ ونان
بوزان بوزان تارَکھ شوٚنگی
مُژ نِنٛدر چھےٚ ٹاربن پیٹھ
کیٛاہ چھُکھ شوٚنچان تارَکھ شوٚنگی
بالس پتیٚ کِنۍ پُرۍ یہِ گوان
بوزان بوزان تارَکھ شوٚنگی

## غلام نبی خیالؔ

(مشالی محلہٕ سرینگر: ۱۹۳۶ء)

(۳)

باغہٕ منزٕ کے لالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے
سانہِ مولہٕ وُنہِ مالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے
چاےٚنۍ دنٛد کیٛا قنٛدٕ پھٔلی ہی چاےٚنۍ وُٹھ پھولوٗنۍ گُلاب
چیٚشمہٕ چھےٚ مَس پیٛالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے
گۄرٕ منزٕلس چۄنہِ جرٕیو نۄرٕ گاہ ترٛووُتھ ژوپاےٚرۍ
حۄرٕ گےٚ پامالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے
خانہٕ مالٕیو مأج لٔج یو مأج لٔج یو پاےٚرۍ پاےٚرۍ
مأج چاوی پیٛالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے
رُمہٕ ریٛشِن آے لگٕ نےٚ راے چاےٚنۍ کتہِ ہن
پایہٕ بڑٕ اقبالہٕ آکھو سالہٕ آکھو سون یے

☆☆

پریتھوی ناتھ کول سائِلؔ

(شالہٕ کُدٕل سرینگر: ۱۹۳۸ء)

(۴)

## للہٕ وَتھ ہالولہِ لولہِ

للہٕ وَتھ ہا لولہِ لولہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

وٕجنَس ہا چانہٕ کلہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

نۆرٕ بۆ رُت نُنٛدٕ بون — گۆبُر مێون گۆبُر مێون

دود چاوَتھ گلہِ گلہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

اۆنمے رۄنہٕ مژٕول — پۆنہٕ چھھَم خانہٕ مولِ

موختہٕ جڑے پھلہِ پھلہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

لگٲیو اَچھ گاشہِ — زُوان چھس چانہٕ آشہِ

وُچھان چھسے تھلہِ تھلہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

للہٕ وَتھ ہا لولہِ لولہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

دود بلہِ مسوَلہِ — لالہٕ پھلہِ جِگرو

☆☆

ایوب صابر
(بگو وم کولگوم: ۱۹۳۸ء)

(۵)

## نبتۂ کلہِ

نبتۂ کلہِ کھیٚتۂ کیٹرشہا　　چھتۂ پھلہِ کھیٚتۂ کیٹرشہا
رتۂ چھپہِ ئُج یو موج　　وولہِ وولۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
ژوچہِ وۂر کھنڈۂ پھوٚلاہ　　الۂ پلۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
مو روش متۂ تُلتَم　　زلۂ زلۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
کھونہِ کھونہِ للناوئے　　مسولۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
اؤش ما ہاران آس　　چھتۂ بتۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
نکھِۂ ڈکھِۂ روزہم ژۂے　　ہلۂ ڈلۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا
صاۤبر شرۂ چانے　　بۂ ہا گلۂ کھیٚتۂ کیٹرشہا



شیخ راضیؔ

(کنبلوَن وئیجہِ بیور: ۱۹۴۳ء)

(٦)

# لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

کلہٕ ٹھوٗلس پیٹھ چھےَ مَس
لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

اتہِ ما چھےَ تامتھ نَس
لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

تھرِ پھوٗلمُت نوزُک گُل
کِنہٕ تارُکھ کِنہٕ بُلبُل

ژھوپہٕ ہا چھےَ روپہٕ سُنٛد وَس
لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

کتھ کیا چھےَ؟ کتھ چھےَ قنٛد
زیٛوِ سادان سأری دنٛد

گنٛز گژھی نےَ، گژھی نےَ اَس
لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

نتہٕ دُنیا سیکہِ مأدان
ژےٚ چھکھ نتہٕ چھ پوشوسان

کمہٕ دیُتنَکھ واتکھ کس
لَس پنہٕ نِس مأِلس لَس

☆☆

رَوِندر رَوؔی

(صوف شالی اننت ناگ:۱۹۶۴ء)

(٧)

## وَدٕوُنہٕ نچالہٕ

وَدٕوُنہٕ نچالہٕ اؤش مو تڑاو
ژٕہہٕ تام مانٛچھ ٹیٛوٚنڈ ہوٚش مو تڑاو
چاے چھَم گرٛبکان تبس ییہٕ چھاو
وَدٕوُنہٕ نچالہٕ اؤش مو تڑاو
ہِی دبد زیٛوِ پٹھ کھنڈٕ پھوٚل تڑاوی
کھیٛاوی چاوی کھونہٕ للہٕ ناوی
چوکہٕ چھُم لِونۍ ستہٕ چاونۍ گاو
وَدٕوُنہٕ نچالہٕ اؤش مو تڑاو
ہو ہو کرِیو وُٹھ کُملاو
وَدٕوُنہٕ نچالہٕ اؤش مو تڑاو
آدنہٕ گوٚبرو چھِھم ستہٕ زاو
وَدٕوُنہٕ نچالہٕ اؤش مو تڑاو

☆☆

شاہدہ شبنم
(دریل، ہندوور:١٩٧٦ء)

(٨)

# زمنژلی بأتھ

(١)

لولہِ لولہِ للہٕ وَتھ کنہٕ کے دۄرو
دِلہٕ کے سرۄرو کرَے گۄرٕ گۄرو
لولہٕ بوزٕ ناوَتھ ساز و سنطۄرو
دِلہٕ کے سرۄرو کرَے گۄرٕ گۄرو
لولہِ للہٕ ناوَتھ، کأنسہِ نو ہاوَتھ
دودٕ تن ناوَتھ، زۄنے ساوَتھ
دشہِ متہِ ژٕ چھِہَم چشمن نۄرو
دِلہٕ کے سرۄرِو کرَے گۄرٕ گۄرو

(٢)

وولا نِکہٕ ساوتھو زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو
لولہِ للہٕ ناو تھو زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو
رنگہٕ رنگہٕ ناوتھو زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو
تارٕکن گنڈناو تھو زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو
رَبّس پُشراوتھو زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو
زۄنہٕ ماجہِ ہاوتھو

زؤن مأج زؤنے      گاش کتہِ اؤنتھ

گاش ہادیُنم آفتابن      بۄ تہٕ ہے کھسہٕ ہا

ژیےٚ نِش اؤری      لس با لَس

بۆڈ گژھ تہٕ کھس

("شُری لَیہِ" کتابہٕ منٛز)

# شُری باشہِ

(لوکٹین شُرین باپتھ منظوٗمہٕ: نرسری رایمہٕ)

(میسور کہِ زبانن ہِنْدِ مرکزی اِدارچہِ "شُری لیہِ" کتابہِ مٹْز)

# شُری باشہِ

(۱)

## بیٔنہِ تۂ بوے

بأے جانا بأے جانا

بوچھِ بُھم سخ

ونی بیٔنہِ ٹأٹھی

ژ کہے کھبکھ

مےٚ ہا گرِ ھ بتۂ ٹوٗر

بیٔیہِ گاڈ ترٛ کھ

بۂ ہے دَمےَ أنتھ رٔنتھ

بیٔیہِ کیا کھبکھ

☆☆

(۲)

# مُمی

مُمی اڑِ چوکس چاپہِ بتۃِ موقس
رَنہِ گیس دانس بتۃِ شیرِ بانس
گوڑ دِیہِ سارِنے اِ کھئیہِ پانس

☆☆

(۳)

# اچھِ دأر

پوپھِ أنم اچھِ دأر ماسہِ سُونس ڈڑس
للہِ وان سُلہِ وان تُسی بہِ گِنڈان چھس

☆☆

(۴)

# دورتُلَو

اکھ زِ ژ تۃِ بہِ
ترٔے ژور تُلَو دور
پاژہ شٔے ییّتھن بیہہ

☆☆

(۱۳)

# زۄن کھٔژ

زۄن کھٔژ وارِ وارِ
بالہٕ پٮ۪تھٕ کٔنہٕ
اسہِ وُچھوٗنی
تےٚ اسہِ وُچھوٗنی
گٹہٕ ژٔلی دوگٔڈ
خبر کتہِ کٔنہٕ
زۄن کھٔژ وارِ وارِ
بالہٕ پٮ۪تھٕ کٔنہٕ

☆☆

(۱۴)

شالہٕ کاکہٕ مالہٕ کاکہٕ ٹنگن ترٛاو
نتہٕ سدٕنےٚ ہؤنی پتہٕ ٹیٹھ مسا ہاو

☆☆

(٧)

## ٹیلی فون

ہیلو ہیلو! ٹیلی فون
یہِ کُس کران؟ ڈیڈی میُون
مِمی پرٚژھان، وارَے؟
اہن سا وارَے
نِکہِ چھا وارَے
اہن سا وارَے

☆☆

(٨)

## گاوموج

وڈلےَ وڈلےَ گاوموج — کھیتہِ پھل پھوّل
لِلہِ چھُے پتہِ پتہِ — دِس دوہِ گوّل
بن اوُنُے زبر کیا — بوّڈ گاسہِ بور
لِلہِ چھُے آنگنس — کران دوہِ دور

☆☆

(۹)

# پۂوتی کوءکر

کوءکر کران ہوءِ یور
پۂوتی کران دوءِ دور
کوءکر آیہِ واپس
پۂوتی نژان تاپس
یتھےُ پیٹھ گُلِس تل
پۂوتی ژالیس پکھن تل



(۱۰)

# کوکر پۂوت

کوکر پۂوتیاہ کوکر پۂوتیاہ
ژھایہِ ژھایہِ پکھ
گاٹھ دِیی تھِچھ
آلہِ تژاوی تھکھ
ژھایہِ ژھایہِ پکھ



(۱۱)

# کُکِل

گوٗ گوٗ گوٗ    کران چھکھ
یا دوستو    پران چھکھ
سونٛتس منٛز    چھکھ واتان یور
ہردس منٛز چھکھ    ترٛاوان دور
شِشرس منٛز ما    ہووُتھ پان
سأری شُری    أسی پرٛاران

☆☆

(۱۲)

# زوٗنہِ گُن

زوٗن مأج زوٗنۍ    گاش کتہِ اوٗنُتھ؟
گاش ہادیُت نَم آفتابن    بہٕ تہِ ہےٚ کھسہٕ ہا
ژیےٚ نِش اوٗری    لَس با لَس
بوٚ ڈگرٛ ھ تہٕ کھس

☆☆

(۵)

## ژھیٔپہ ژھور

تھوٗپ تھو أچھن بۂ تڑاوٕ دور
ژٕ لار پتےٚ بۂ ژلہٕ ہور
رٹھ پائےٚ گرٹھکھ کور
تامتھ گنڈو أسی ژھیٔپہ ژھور



(٦)

## پٔنُن گرٕ

بونہِ تل اکھ ناگ چھُے
جایہِ نکھہِ باغ چھُے
آرٕ وسان ڈارٕ گنز
دبد چھےٚ رنان میٹھی سنز
سانہِ گُٹھِ چھُ گُترٕ جہٕ اول
دانہِ رُوان میٔون مول
آنگہٕ نَس منز دأن تھر
بأے جانن أنم گر
دأن کھوان پھلہِ پھلہِ
مأج دپان لِلہٕ ژلہِ
برنہِ تھوٗسہ تور دِتھ
سال کھیٚاوتھ اورٕ یتھ



(۱۵)

# موٹرسائیکل

ٹھپ ٹھپ ٹھپ ٹھپ ترٛاۄن دَو
وُنۍ اوس ییٛتۍتےَ وُنۍ کوٚت گو
گاہ گرِڑھ شہرس، گاہ گرِڑھ گام
اٲدی اتھ پیٹھ آیوم مام
مامن نیوٗنس بازر تام
کھیٚنۍ کٔتۍ دِتۍ نَم ٹۆی بادام



(سینٹرل انسٹچوٗٹ آف اِنڈین لینگویجز میسوٗرچہِ "شُری لَیہِ" کتابہِ مَنٛز)

## شیخ راضی

(کنبلوٗن وٚتھِہ بٔیوٗر: ۱۹۴۳ء)

(۱)

# بُلبُل تہٕ زٔر

(کٔنزٕ پھسِراے)

بُلبُل: وُچھ تھےٚ زٔری!

نہ یہِ وارِیُل

نہ راتہٕ موغُل

چانہِ میٚانہِ فِتنہٕ باپتھ

......مارٕ وانٕج

☆☆

(۲)

# کوکر بانٛگ

کوکرن دِژ بانٛگ	خر کٕیا دِیہِ ٹانٛگ

پٔژھ ذِمہٕ وٲری	ما ہیٚن سٲری

گُلہِ ئِج سَیہِ دبد	سُلہِ آزِ ووتھان

☆☆

(۳)

## راتھ

ژاپہِ کوکر

ژاپہِ بطخ

ژاپہِ داند

دژاپہِ تارَ کھٔنٛز

ہُہ کیٛاہ پیٛاپہِ زوٗن

راتہٕ موغُل

پیٚٹھی چُھ ژلان

بٔنٛز چُھ وُنگان ہوٗن

☆☆

نسیم شفائی
(سرینگر:۱۹۵۲ء)

# زۄن موج

زۄن موج زۄنی — کھۄژکھ بالہٕ پٲتیٖیے
شامہٕ ژھایو منٛزی — آیکھ اَتیٖیے
اَنتھ تارکن رٕتی — سونہٕ زٕژٕ پھٲتیٖیے
تم چھہٕ نبہٕ منٛزٕ لکی — نٕندرے ہٲتیٖیے
سونہٕ کھونہٕ للہٕ وان — کرُکھ نالہٕ مٲتیٖیے
لنہٕ گٹہٕ کھوژن — لاگکھ جامہٕ چھٲتیٖیے
ییٚتہٕ نےٚ ژھأرمکھ — اَلمکھ تٲتیٖیے
گنہٕ دوہہٕ گاش یتھ — روز کھنا ییٚتیٖیے
زۄن موج زۄنی — کھۄژکھ بالہٕ پٲتیٖیے

☆☆

نسیم شفائی
(سرینگر:۱۹۵۲ء)

## ژٔری یے ژٔری یے

ژٔری یے ژٔری یے ژٕمی لویِ
کھلہٕ منٛز کنہِ پھۆل ژٕمی لویِ
چھوکہٕ لد گٔرکھ ژٕمی لویِ
ژٔری یے ژٔری یے ژٕمی لویِ

داں ڈل وُچھِتھے تمبہٕ لییکھ
یڈٕ کاژاہ چھےٚ کوتاہ کھبکھ
توشتہِ اندر کوتاہ واتی
گٔرث پھٹلی کھیٚیہِ تھکھ ژٕمی لویِ
ژٔری یے ژٔری یے ژٕمی لویِ

پکھِ منز بُتھ چھکھ ژٔرِ تھوان
واوس رٔوس چھکھ کھوژان
دوسہِ پیٹھ بڑ بیۆر چھے زاگان
نچہِ اُچھ کھول تےَ گُمی لوِیی
ژٔری یےَ ژٔری یےَ گُمی لوی

وس، ہلمس منز جاے کرَے
پھل موٗٹھ کھیاوتھ بوس برَے
وس، سأری چھوکھ بُلراوے
گُلہِ پیٹھ وس تےَ گُمی لوِیی
ژٔری یےَ ژٔری یےَ گُمی لوِیی



میر غلام محمد نعیم کشمیری

(قونگے پۄر، ژوڈُر: ۱۹۵۲ء)

(۱)

## کوکرے

کوکرے کوکرٕے

ٹُبٹھ وَنہٕ کوکرے

مل کٔمی ٹُلنےٚ

پھل کٔمی ترٛ وونےٚ

ترٛ اوٚ کھنا اَز

بڑ بوٚ ڈٖھوٗلا

میٛوٗٹھ کیٛا آسان

کھمبہٕ ہاوٗچھ ہا

تتھ منٛز آسان

گرانٛکن تہٕ زوٗن

☆☆

(۲)

# بانگ

صُبحٲے صُبحٲے بانگ کٔرن گٔے
بانگ کٔرن گٔے ککُرٕ کٔو
کوکرن وۄنُم اللہ اکبر
وۄتھ سہٕ بِستر اللہ اکبر
اتھٕ بُتھ چھَل سہٕ اللہ اکبر
اللہ اکبر اللہ اکبر

☆☆

عبدالخالق شمس

(ژُ کُر، پٹن: ۱۹۵۷ء)

(۱)

## کُکلِی بوز

کُکلِی کُکلِی کُکلِی بوز  کُکلِی کُکلِی کتھ میأنۍ بوز
ہۆ ہۆ چون چھُم یاد پاوان  مامہٕ سُنٛد آنٛگُن پۆت ڈالان
کتہِ چھُے وأرِو کتہِ مالیُٚن  کأنٛسہِ ما زولُے روپہٕ تالیُٚن
کُس کرِناوان چھُے ہۆ ہۆ  گگُو گگُو گگُو گۆ
کُکلِی کُکلِی کُکلِی بوز  کُکلِی کُکلِی کتھ میأنۍ بوز

☆☆

(۲)

## رنٛگہٕ ژٕر

ژٔرِ یے ژٔرِ یے  ہا رنٛگہٕ ژٔرِ یے
چھِٹھ چھےٚ شۆبان  دِل چھُم لۆبان
رنٛگ کُمۍ کرِ یے  ہا رنٛگہٕ ژٔرِ یے

☆☆

(۳)

## شیٖن

شیٖن پیٚو وبالن

کانگرِ لا گوژالن

پھوٗ پھوٗ کرَ وتیٚنگلن

شیٖن پیٚو وجتگلن

شیٖن پیٚو وشیٖن پیٚو و

تھوسوٚتھوسوٚشیٖن پیٚو و



روحی جان
(شُپبن: ۱۹٦۷ء)

(۱)

## رُت شُر

رُت شُر بنہٖ ہا ژاٹہٖ ہال گرٖھ ہا
پرٖ ہا لیکھہٖ ہا رٖژ وَتھ سرٖ ہا
پژٰی یور بنہٖ ہا پوٗز پوٗز وَنہٖ ہا
سارِٖنے ونہٖ ہا رُت شُر بنہٖ ہا

☆☆

(۲)

## جانی جانی

جانی جانی
ون پاپا
مِٹھائے کھیٖیہِ تھاہ

ناپاپا
اَپُز وۄن تھاہ

ناپاپا
اُس مُژراوسأ
ہاہاہا!! ☆☆

(۳)

## روپۓ

پاپن دِژم روپۓ
روپۓ گَیم آبس

پاپہ مامارِبم
ممی کربم رٹورٹھ

اِدسا پاناأچھوٹھ



(۴)

## مانچھ تلر

ءگس ءگس کران آیہِ
پوشس پوشس وِیٖور ٹلِتھ
مانچھ تُںٔد اسہِ ممی کھیٚاوِ

چمنس منٛز رسہٕ رسہٕ ژایہِ
مانچھ گنس منٛز واپس ژایہِ
اِدٕ اسناوِ، اِدٕ گنٛدناوِ



(۵)

## طوطہٕ

طوطو طوطو نیلہِ رنگہٕ طوطو
ووزِ ج چھےَ تونٹھو نیلہِ رنگہٕ طوطو
کتھٕ کرناوَتھ بأتھ گیوٚ ناوَتھ
پھل پھٔلۍ کھیٚاوَتھ ترٛیشہِ دام چاوَتھ
اڑٕ وُپھناوَتھ اڑٕ وُپھناوَتھ
لولہِ للہٕ ناوَتھ بأتھ گیوٚ ناوَتھ



(٦)

## فظہٕ ہٕنٛز فرٛین

کاوٕ ییٚنہٕ وول فظہِ آو مول
ژمۍ أنِس شیرٛین فظہِ بنأو فیرٛین
فظہٕ گےٚ وارے فیرٛین کھیٚیٚس بڑارے



مظفر حُسین دِلبر
(گُر، وۣیجہٖ بیٚوٗر:١٩٨١ء)

(١)

## رام رام بُدرٕنی دوٗنٛی یے

رام رام بُدرٕنی دوٗنٛی یے چھکھےٚ شوٗبہٕ وُنٛی یے
میہرٕنی ہش چھکھ باسان ژٕ کتی چھکھ آسان
مٔژرٕی مٔژرٕی چھکھ نیران اسہِ چُھ چون پھیرن
بوٗن وسہٕ کھا یِکھا سون ہاوَے ٹی وِی، ٹیلی فون
چُھ کُس یوٗت کأرِی گر تیمۍ ژٕ بناوکھ سُنٛدر
سأنۍ چھےٚ اکے منٛگ اسہِ تہٕ دِتےٚ پنٕنۍ رنٛگ

☆☆

(٢)

## جوٗس ڈبا سوزٕ کھا

میٛانہٕ ربّا میٛانہٕ ربّا جوٗس ڈباہ سوزٕ کھا
بُوز تہٕ ووٗنی زار میٛون تِیٛی تتےٚ عار میٛون
چھُم نہٕ مےٚ بیٚیہٕ طمع کینٛہہ چھُم نہٕ چنٛدس جمع کینٛہہ
آسہٕ ہن ہےٚ روپیہٕ مےٚ تیٛلہِ نہٕ حض منٛگہٕ ہےٚ بہٕ ژٕےٚ
مانہٕ کھا ووٗنی بوزٕ کھا جوٗس ڈباہ سوزٕ کھا
جوٗس چُھم سخ خوش کران گرٛشم چُھم سخ تنٛگ کران

افتخار انجم
(آڈر، ویٚنجہٕ بیٚور: ۱۹۸۴ء)

(۱)

# ممی پٔنٕہٕ روٗٹھُس

ممی ممی میٚون مان
کولہٕ منٛز کرٕہا سڑان
زٕ بے ڈٕنجہٕ دِمہٕ ہا
جلدٕ پھیرِتھ یِمہٕ ہا
ممی دۄپُم مہٕ کر سڑان
گُمہٕ چھےٚ پشیمان
اُتھی کتھِ زوگہٕ مَس
ودن وان لوگہٕ مَس
ممی دۄپنَم لاییٔ
ژۄلُس ژھایہٕ ژھاییٔ
کھُت مُت گرِتھ بیوٗٹھُس
ممی پٔنٕہٕ روٗٹھُس

☆☆

(۲)

## اَبن وۏنُم

ابن دۏپُم کالےَ　　لگےَ گُلِ لالےَ
صُبجن سُلہِ ۏتھرِزِ　　گاٗو گاسہٖ اٗنٗزِ
صُبح یام ووتےُ　　تُلُم گرِ دڑ وتےُ
اۏنُم گاسہٖ لووُے　　سُہ مےٌ گاٗوتڑ ووُے
دود دِتُن وارا　　ابن کوٚرُم پیٔارا



یا خدا پزُرک سبق پرناوتم
پۆز وَنُن نیکی کرِنۍ ہیچھِ ناوتم

(ڈاکٹر عزیز حاجنی)

# دُعا

(نظمہٕ تہٕ رایمہٕ)

پیرزادہ غلام احمد مہجورؔ

(مٔرٕ گوم پلٕو وم: ۱۹۵۲ء-۱۸۸۸ء)

# صاحبو ستھ چھِم مے چائنی

صاحبو ستھ چھِم مے چائنی وَتھ مے اَصلٕچ ہاوتم
کۄت کالاہ روزٕ بے زان زأنی ہُنٛد مَس چاوتم

بوزتم فریاد و زأری سوزتم دادٕبن دوا
روزتم ہردم مہربان زانہہ تہٕ پرٕ متہٕ پاوتم

کأہلی کم ہمتی وَسواسہٕ نِش تھوتم مے دۄر
وَلوَلاہ جوشِہ تہٕ اربانا دِلس منٛز ترٛاوتم

زانہہ تہٕ متہٕ وٕناوتم افسانہٕ نِنٛدر پاوٕنکی
موردٕ یمہٕ ستی زِندٕ سپدن تِتھی وٕژن ونہٕ ناوتم

یم سخن پیدا کرن خلقن اندر اُلفت تہٕ لول
دۄر یمہٕ ستی گژھِ نفرت تی وُنن ہیچھِ ناوتم

شبنمکی پأٹھی آفتابس کۄت کال کرٕ انتظار
گوڈنچے انوارِ پوشن ستی سُلہِ وُزٕ ناوتم

شکلہِ چُھس انسان مگر انسأنیتہٕ نِش بے خبر
ہیٛاوتم مَتہٕ امتحان یٮ۪مہِ شکلہِ متہٕ مٮ۪ند چھاوتم
دۏر چُھس پیٛۏمُت لگو نِش چُھم توَے مہجور ناو
تِم اگر دۏرن مے نِش ژِتہِ دۏرزانٛہہ متہٕ ترٛ ابتم



غلام احمد فاضل کشمیری

(ڈب تل مہاراج گنج سرینگر: ۲۰۰۴ء-۱۹۱۶ء)

# خدایا

میٲنِس کتھن تہٕ سوخنن دِکھنا اثر خدایا
یی بو منگےٚ ژےٚ شُری پأٹھی، منظوٗر کر خدایا

شر روزِہا ہمالس قُلزُم تہٕ روزِ حأران
دِتہٕ تیُتھ سَبر خدایا، دِتہٕ تیُتھ تھزر خدایا

روزانہٕ ڈٔے ژٕ گژھتم ہر جایہِ باغ پھولنم
میٲنِس کنڈٕ بن کرگل ہاے تر خدایا

یتھ میٲنہِ عُمرِ منز تھو سونتُک بہار قأیم
مأگُک نہٕ ڈر خدایا ہرڈُک نہٕ شر خدایا

پژتھ حالہٕ میٚون کردار دِل، زبو، چلن تہٕ گُفتار
شوٗزرس، صداقتس پیٹھ تھوٗ مُنحصر خدایا

توفیق دِم یہ کھسہٕ وُنی کم مایہِ زِندگأنی
سنگرن کوہن پلن پیٹھ کرٕ ہا بسر خدایا

فأضل وہپان چھِ طوٗرِ کی یتھ ساسہٕ بدی تجلّیٰ
سأری ژےٚ چھی منگن تیُتھ نورِ نظر خدایا

رفیق راز
(بژارِپۆر سرینگر: ۱۹۵۰ء)

# دُعا

کر روشن پزِرچ زۄر پھولِہ آنگن آنگن نۄر
الٰہی بوزتم دُعا الٰہی بوز آلو میٲنی
مِن الظُّلماتِ اِلی النُّور

ژِ ے گُنزُرک دِتہٕ اسہٕ باس یِہ چُھ اَنٛدرِم شرِیتہٕ کاس
یکٔت کر سارِنے عطا الٰہی بوز آلو میٲنی
مِن الظُّلماتِ اِلی النُّور

تیٚتھ سوٚنتھ کرتن ساکار پھولِہ پوشہٕ پھُلے یکبار
دِلن ہُنٛد پوٗر کر مُدعا الٰہی بوز آلو میٲنی
مِن الظُّلماتِ اِلی النُّور



عزیزؔ حاجنی

(حاجن: ۱۹۵۷ء)

# دُعا

خدا بۆزِن دِلن مِلہٕ زار پۆشِن

بہارُک لۆبہٕ وُن سبزار پۆشِن

چھِ أسی کأشری وطن سونُے چُھ ریٚش وأر

بُزرگن ہنٛدی موٚللی گُفتار پۆشِن

چھےٚ کأشِر ماجہِ زیو اسہِ کأشرِن ہنٛز

امیٛگ خوشوٗن موٚدُر اظہار پۆشِن

دِلن ہنٛز دے تہٕ دۆربر دۆر سپدِن

شوزر لولُک زبر انہار پۆشِن

پزر پزرِن تہٕ عٔلمُک گاش پھٔلِن

وتن سانِن سوکھُک شیٚہجار پۆشِن



غلام نبی آتشؔ
(نائل انتِ ناگ: ۱۹۴۹ء)

# چانٛی چھِم احسان

چانٛی چھِم احسان خدایا
ژٕیے دیُت تھم زُو جان خدایا

ان زانٕس دِم زان خدایا
بنہٕ ہا رُت انسان خدایا

پأدِ کوٚرُتھ زُو ذأژن باپتھ
آب، ہوا، اسمان خدایا

ممی دِژتھم، ڈیڈی دیُت تھم
جان تہٕ عألی شان خدایا

معصوٗمس دِم ہمت طاقت
مُشکل کر آسان خدایا



غلام نبی آتش

(نائل انت ناگ:۱۹۴۹ء)

# خداصأ بابوزتم

رأضۍ دوہےَ روزتم خدا صأبا بوزتم
رُتےُ رُت مےٚ سوزتم خدا صأبا بوزتم

کامہِ کرٕ ہا جان جان شوقہٕ سان شۆبہِ سان
عقل سبٹھاہ سوزتم خدا صأبا بوزتم

سبق یاد کرُن چھُم یادٕ وۆثُر سوزتم
لکھُن چھُم پرُن چھُم زیٛادٕ بِتُر سوزتم
رأضۍ دوہےَ روزتم خدا صأبا بوزتم



فِدا راجوروی
(بہرؤٹ راجوری:۱۹۴۱ء)

# دُعا

سبق لولُک مے پرناوُم خدایا
صحی وتہِ پِٹھ سدا تھاوُم خدایا
معصوٗمس کرم پڑتھ ساتہِ گرِی زبم
مے عٔلمہِ کہِ نوٗر گاہ ناوُم خدایا
بہٕ رَچھِ ہا دِل غریبن بے کسن ہُنْد
ژٕ پننہِ نے کرمہِ وَتھ ہاوُم خدایا
بہٕ کرِ ہا تی ژٕ ییٚمہِ ستیٚ رأضی روزَکھ
مے رُت سوچُن سرُن تھاوُم خدایا
بہٕ مُشکاوُن یژھان چھُس سور عالَم
گُلابکی پأٹھی پھولہِ راوُم خدایا
مے متہِ کرناوِتم ناکارِگی زانْہہ
لوٗکن منٛز زانْہہ مہٕ منْد چھاوُم خدایا
حیا نظرن دِلس ایمان بخشُم
فِدا سپدُن مے ہیٚچھِ ناوُم خدایا

☆☆

نظام الدین سحرؔ
(اشپورہ قاضی آباد ہنٛد وور: ۱۹۴۶ء)

# مناجات

چھُم یہِ کینژھا، سوُرے کرم چونُے
زُو تہِ چونُے، زوُک یہِ دم چونُے
میٖون وتھرُن، وُرُن، زمین، اسمان
میٲنہِ منزٕلیٚک یہِ پٕش بےٚ کھم چونُے
گاش چشمن نلن نکھن ہُنٛد ہوش
رنٛگ روئیٚک کھورٕک قدم چونُے
ماجہِ ہُنٛد شیر مٲلی ہٕنٛز شفقت
فضلِ اُستادِ محترم چونُے
باغ، باغچ پھُلے، قُمُر، گستوٗر
مُشکِ ادفر تہٕ زیر و بم چونُے
راتھ، نیہہ گوٚٹ، ہٕنٛدر، کھوژُن، ہوٚپ دوٗپ
سحرؔ، چُرگیش پھُلے کرم چونُے

☆☆

غلام احمد فاضل کشمیری
(ڈب تل مہاراج گنج سرینگر: ۲۰۰۴ء-۱۹۱۶ء)

## دُعا

بۂ چھس شُر از پگاہ آسم ژیۓ کُن کل
خدایا، چھم یوہے ظون، پوشناوُم

بۂ چھس نادان، پگاہ ما آسہٕ زیرک
خدایا، حبس دِتم، کامبن تُلم دَس

مےٚ وقتس پیٹھ بناوُم بوٚڈ شہلِ گُل
خدایا، بیٲلی پھوٚل خاکس اندر چھس

بڈِتھ اَچھ میانہِ ڈیشن تارکو پیٹھ
خدایا، از نظر چھم ژھوٚٹ تہٕ محدوٗد

ژیۓ چھی لوح و قلم پننِس نبٕھس تل
خدایا، لیکھ ڈبکس میٲنس رُتے رُت

سِکندر پننہِ وقتک ژارِ ناوُم
ہمالچ سر بُلندی پڑاوِ ناوُم

☆☆

مشعلؔ سُلطانپوری
(سُلطان پور کنڈی بابا ریشی: ۱۹۳۶ء)

## یا رَبّ

شاہ چھکھ ژٕ باشاہ چھکھ — پرٛتھ کانٛسہِ ہُنٛد خدا چھکھ
پرٛتھ کانٛسہِ چھکھ ژٕ یاور — کرتم نظر مےٚ یارب
تیٚتھ دِتہٕ مےٚ ہوش تہٕ حِس — نٔژ ہا بہٕ کاپِناتس
وُڑٕ ہا تہٕ سوزتم پرٕ — کرتم نظر مےٚ یارب
حُکمس اندر چھِ چانٛس — قبضس اندر چھِ چانٛس
کمزور، زور آور — کرتم نظر مےٚ یارب
بس نیک کامہِ کرٕ ہا — رُت رُت سبق بہٕ پرٕ ہا
چانٛی چھےٚ آش تےٚ تھر — کرتم نظر مےٚ یارب
سُلطانپوٗرؔ بے بس — اُمت چھُ چارٕ کرتس
مُژراو رحمتکی بر — کرتم نظر مےٚ یارب

☆☆

غلام نبی ناظرؔ
(یارِ پۆرکولگوم: ۱۹۳۱ء)

# شُرتہٕ شِنہٕ تھۆس

شُر : شِنہٕ تھوسہِ شِنہٕ تھوسہِ
آمُت چھُکھ ووسہِ
کس ماجہِ زاکھو
کتہِ پیٹھ آکھو
رُم چھِی اٲوِلی
زٲوِلی زٲوِلی
آہ واہ آہ واہ
زن ژۄنٹھی پھُلِیاہ
واون ڈٕنی مژ
ژٲرِتھ رٕژرٕژ
چھکرَنہٕ آمژ
شِنہٕ تھوس : خاٲلِقن گۆرنس
پیدا کۆرنس

اۄ برُک أشی پھیۄر

واۄ ژٕنجو شیۄر

اۄر یورووٕ ٹنٔس

منٛز باگ روٕ ٹنٔس

تتہِ آس ژٕلی ژٕلی

گرٛژھ ناگٕلی گٕلی



بیٚا کھ سایئنسدان یَس ''میکل فِراڈے'' ناو اوس
''میگنِٹس'' اندر ''کرَنٹ'' ہاوِتھ دِژِن تھوٚ دناوپیٚوس
پرٛتھ بِمارِیا، دود دَگ، اصلی جراثیمی اثر
عالمس منٛز گوٚو گرِتھ ثابت یہِ ''لوئی پاسچر''
''اینٹی سپٹِک'' گوڈنیتھے ورتوو ''جوزف لِسٹرن''
''پینسلِین'' ایجاد کوٚر جانباز یارن ''فِلمنگن''
''سیم وِل مورِس'' ہیتھ آو ''ٹیلیگراف'' بیٚیہ ''کوڈ وآرڈ''
ایٹمی قوٗت تک پےٚ تیٚمی دیُت ونان لٔس ''رِتھر فورڈ''
تھوٗتھ لادن گوٚو ''سٹیفن سن'' دٔرستِس عالمس
ریلہِ انجن دُنیاہس منٛز اوٚن گوڈنی تٔمی بارس
''پیری کیوٗری'' ''میری کیوٗری'' گوٚنڈ دویوٚ ژوکمر
''ریڈِیَم'' ایجاد گرِتھ تِم سپدی دونوٚے امر
''رائٹ بائز'' گوڈنیتھے ایجاد کوٚر اسمانٔی جہاز
دسبدٕستی دُنیاہکی معلوٗم سپدان از چھِ راز
''جان لاگی بیرڑن'' ایجاد کوٚر ''ٹیلی وِجن''
عالمس منٛز یِی بنان تی گرِ بہِتھ از أسی وُچھن
''مارکوٗنی'' پایہِ بوٚڈ یُس اوس مشہورِ زمان
تٔمی ''وائرلیس'' ''ریڈیو'' ایجاد گری، ءکتی جان

ہیلو ہیلو ٹیلیفون ایجاد کوٚر ''گراہم بیلن''
دوٗر درشن گرٕ بیٚتھ اسہِ واتناوان دٕفتن
بارٕ احسان یارٕ پٔزٕ َکنٕ تھوو تٔمۍ ''ایڈِیسنَن''
ییمۍ بنوو بجلی بلب گاشاہ دِتُن شہرن وَنن
گوڈٕ نکۍ ''موٹر'' بنوو ییمۍ ناوتس اوس ''ڈیملرن''
کر نظر از کیٛاہ چلے جاو جیپہٕ نے، کارن، بسن
یاد تھاو جِگرو، کرِٕنی گرٕزھ جان پأٹھۍ محنت زبر
ووٗن نشاطن، عزم وہمتک کیٛاہ چُھ نیران رُت اثر



نشاط انصاری
(ڈیلئین ورمُل: ۲۰۰۰ء - ۱۹۳۰ء)

# انسانٔی کارنامہٕ

ہمتہٕ بڈٕ انسانہٕ ہٕندی شہکار وُچھ وُچھ دِل پھولان
سانہٕ عزٕملکی، سانہٕ محنژ، سانہٕ ترقی ہٕندی نشان
گوٚو کٔرِتھ ''کوپرنِکس'' ثأبت یہِ کرتام درجہان
سأنی بُتراتھ آفتابس گِتہٕ کران أندی أندی نژان
میانہٕ گوٚبرا ''نیوٹنن'' ہوو راتھ دوہ محنت کٔرِتھ
''گرٕےوِٹی'' یعنی ''کٔشِش'' کیا گیہِ سبٹھاہ تجرُبہٕ سٔرِتھ
''بن جمن فرنکلن'' اکھ مشہوٗر سائنسدان اوس
سائنسک سبجکٹ بنوومُت تیٚمی پٔنُن رُت یار اوس
تٔمی جوان ہیٚمتن یہِ ثأبت کوٚر سبٹھاہ خوأری ژٔلِتھ
وُزملن اندر ''کرنٹ'' آسان چھےٚ بجلی ہٕنز بٔرِتھ
''پریسٹلے'' بیا کھےٚ مٔنش موجِد بنیو و آکسیجنک
از خلا بازن چھُ احسان تٔمی ہٕندے نادِر فنک

عزیز حاجنی
(حاجن: ۱۹۵۷ء)

# یاخدا

یاخدا پزُرک سبق پرناوتم
پۆز وُن نیکی کرِنۍ ہیچھ ناوتم
انہِ گِٹس منز یُتھنہٕ گژھ ہازانہہ تہٕ گیر
آفتابکۍ پأٹھی مے تہٕ پژ بزلاوتم
سینہٕ تھوتم کینہٕ نِش پژتھ ساتہٕ صاف
مایہِ ہُنٛد تےٚ مُحبتُک مَس چاوتم
زبو دِتم ترٛتھ، یُتھنہٕ زانہہ کانہہ شر گژھم
رژ کتھا، رٕژرٕچ کتھا وَنہٕ ناوتم
جہلہٕ نِش رٹھتم تہٕ صبرُک حبس دِتم
گاٹہٕ جارکی گاشہِ آگر ہاوتم
چُھس بہٕ معصوٗم بوزتم تھوتم قبوٗل
عٔلمہٕ سٔدرس سأل مے تہٕ کرناوتم

☆☆

رخسانہ جبیں

(سرینگر: ۱۹۵۵ء)

# حمد

پزٕ شُکرا کرُنے تس ذاتس     انسان تھووُن یُٚتاہ تھزرس
پرٕ کیٛاز نہٕ حمداہ اتھٕ زٕ ٹُلِتھ     دِمہٕ سٕجدٕ تہٕ سرنۆمرِتھ روزس
یۆد جنگلن ہٕندی گُلی قلم بنن     بٔیہٕ مٕیل بناوو گُل سٔدرس
اوصاف تہِنٛدی کتہِ گرٛھن بیان     گُس ادا گرِتھ ہیکہِ حق ذاتس
اسہِ عطا کربن کمہٕ کمہٕ نعمٔژ     افتا ئک گٔاشاہ دِتُن دوہس
شٕہجارا بٔخشُن شامہٕ گربن     مَس ہٕنٛد رِچُھ ساوان سُے راتس
کم خاب چُھ ہاوان اُچھؤٔڈ تھےٕ     کمہٕ پٔری یہِ رٹان چھمٕ ستی وٕچھس
پڑٕ صُبح چُھ ترٛاوان تیٛشتالبن     لوٕسگہٕ وان پرٛتھ گُنہِ پنہٕ وٕتھرس

☆☆

ایوب صابرؔ
(بُگوؤم کولگؤم: ۱۹۳۸ء)

# ٹیلی وِجن

کران دِل مےٚ چُھم شاد ٹیلی وِجن
عجب اکھ یہِ ایجاد ٹیلی وِجن

موجِد امیگ اوسمُت عقلہِ تیز
چُھ کیاہ کارناما یہِ حیرت انگیز

ہاوان کیاہ کیاہ چُھ حأرتھ انان
گرس منز بِہتھ چھُم یہِ چکرس نِوان

چُھ ہاوان بجر کوہسارن ہُنڈٕ ے
نشاطن تہٕ پیٚہ شالہِ مارن ہُنڈٕ ے

وُچھان چھُس اتھ پیٹھ زبردس میچ
گرِژھان خوش رٹان یام پلیر چھِ کیچ

نظارا چُھ شاہانہٕ ہاوان زبر
یہِ حض عاجٕچ شیٚچھ چُھ باوان زبر

أتی گُل گُلِستان ہاوان چھُم
أتی صأبرٕس شعر باوان چھُم

☆☆

ایوب صابرؔ
(بُگوؤم کولگؤم: ۱۹۳۸ء)

# میۆن ریڈیو

کہٕ وأنسہِ بۆزِو کہٕ کال پڑون
وُچھو ریڈیو اکھ عجب دوس میون
مزؤرن، نوابن تہٕ باپارِ نےٚ
غریبن امیرن چھُ از سارِنےٚ
باوان چھُ پڑتھ کأنسہِ رٕژ، جان وَتھ
چھُ توٚلِتھ تہٕ میٚنِتھ کران کانٛہہ تہِ کتھ
أتی چھُم کہأنی تہٕ نظماہ ونان
أتی چھُم خبراہ تہٕ بأتھاہ ونان
صُبح شام باوان کتہِ کیٛاہ سپُد
صحی چھُم مےٚ باوان کتہِ کیٛاہ سپُد
دِمس سَچ تہٕ پوٚشرُ کران زن گتھا
مگر صابرٕؔنی نا چھُ بوزان کتھا

☆☆

شیخ راضی

(کنبلوٗن ویٚجہِ بیوٗر: ۱۹۸۳ء)

# ژھیٚپہٕ ژھور

(ہواتہٕ شُر گنڈان)

ہوا: سونہٕ گوٚ برو ہو!

دِژتھا یا ژھپٚھ؟

شُر: ناوُنہٕ نا، وُنہٕ نا، وُنہٕ نا کینٛہہ

اِدِ باتہٕ دِژم

وولہٕ ژھارُم

ہوا: (تلاشس منٛز)

ون وٗتُس ژھاران

اتہٕ نہٕ کہیں!

آکاشس پھیوٗرُس

اتہٕ نہٕ کہیں!

سوٚ درَس تہٕ ووٗتھُس

پوٚز

اتہٕ نہٕ کہیں

وُ چھ رۆ ٹمکھ کتہٕ

بتہٕ باتہٕ کھوان

گۆ وپنِس یارس

بأزۍ دِژتھ

رَٹھ (کمرس پیٹھ)

دۆ گر

اکھ، زِ تہٕ ترٛے

شُر: ہَواہہٕ! ژۆلکھ کوٗت

دِژتھا ژھیٚپھ

ہوا: وہ، اوہ، اوہ، اوہ

دولہٕ ژھارُم

شُر: (تلاشس منٛز)

چُھکھ پیٚتۍ نے، پیٚتۍ نے

مےٚ أندۍ پکھی

کتہٕ کتہٕ کوٗر رُتھم

موچھِ منٛز رۆ ٹمکھ

موٗٹھ مُژ راٗوِم

پوٗز

اتہِ نہٕ کہیں

ووٕنی ووتھ

ہُتھ گُلی تیہرِس پیٹھ

ووٕنی گاڑِ کھوٗتھ

ووٕنی چنٛدِ منٛزٕ کوٗڈمکھ

ہے افسوس!

ہتہِ لٹہٕ روٗٹمکھ

رٕڈی رٕڈی ژوٗلہم

ووٕنی ژاکھ مےٚ منٛز

نکہٕ وار بوٗ کنی

شُش ناٗرِس

پننہٕ نِس منٛز روٗٹمکھ

گرِ شہ آزاٗدی چھےٚ

دوٗگی چھی معاف



قمر حمید اللہ

(آکھرن: ۱۹۴۸ء)

# گنڈولا

وُپھہِ وُن زآئِپان گنڈولا
نِپہِ وُن نائِپان گنڈولا

دِل رٹنِہ ناوان گنڈولا
وُپھہِ وُپھہِ ناوان گنڈولا

شُبہِ وُن شیِشو روٗنہِ منزُل
لولہِ للہِ ناوان گنڈولا

جنگلو، نیرِ بو پیٹھِ منظر
وُزِہ بدلاوان گنڈولا

دامنہِ پیٹھہِ ہیوٚر ٹاپس تام
أچھ شیٚہلاوان گنڈولا

ہوِہَس مُنزی چھُے ترٛ اوان دَو
سأل کرِناوان گنڈولا

شانٛت شِہُل ماحول قمر
آیُت تھاوان گنڈولا



قمر حمید اللہ

(آکھرن: ۱۹۴۸ء)

## کمپیوٹر

اکھ مشینا رٕژ تہٕ جان
چھم مےٚ کمپیوٹر ونان

یِی ونان چھِم تی حضوٗر
چھُس لیٚکھِتھ تھاوان ضروٗر

یُس اکھا یِی چھُم پٔرژھان
تی بہٕ لیٚکھِتھ چھُس دِوان

چھُس نہٕ کھوژان چھُس بےٚ باک
یادٕ ووٗترِس منٛز بہٕ طاق

چھَم پُلاسٹِک چی مےٚ تن
خوبصوٗرت چھِم بٹن

پٔرتھ اَکِس چھُس خوش کران
عاٗمَس چھُس زُو تہٕ جان

زان کأری ہُنٛد بہٕ گنٛج
واتناوان چھُس نہٕ رنج

چھُس بہٕ ژھوپہٕ گٔری تھٔے قمرؔ
چھَم مگر سأرے خبر



قمر حمید اللہ

(آکھرن: ۱۹۴۸ء)

# اِنٹرنیٹ

اِنٹرنیٹ اکھ طلسمات
اتھ چھُھ ہیوٗے دوہ تہٕ راتھ

نیٹ ورکٕکی سِلسِلن
دوٗر دوٗر گرٕہٕ پلن

اتھ نہٕ سرحد سأنٛز پأٹھۍ
دوس دُشمن چھِس نہٕ ٹأٹھۍ

تارٕ سٔدرس تال تران
سفر لہرن منٛز کران

بس چھُھ بٹنن پیٹھ گِنڈُن
عالماہ بڑونٛہہ کُن انُن

أمۍ چھےٚ شرٕ وکراوٕمٕژ زمین
چھُھے یہٕ پرٛتھ خِطُک مکین

نےٚ تھکُن چھُس نےٚ پکُن
بس چھُھ سِکرینس وُچھُن

سایٔنسُک دیُت یہٕ رُت
عالمس أمۍ جوڑ دیُت

عاجل پرٛتھ شیچھ خبر
پرٛزِھ ونی لحظس اندر

اتھ قمر خد و خال کیاہ
آسہِ بڑونٛہہ کُن حال کیاہ

☆☆

قمرحمیداللہ

(آکھرن:۱۹۴۸ء)

# أنٕہ

أنہٕ پڑیہِ وُن تےَ صاف چھُکھ     شیشہِ شوٚد انصاف چھکھ

یُتھ وُچھےَ تیُتھ چھُکھ وُچھان     اسنٕہ وِزِ اُسناہ کران

یِی ژےٚ نِش کرٕ تی کرَکھ     رَژھ تھوان ما چھُکھ فرق

کاٗنہہ گٔری أچھ ناٹ زن     اورٕ رٔنزناوان پچھِہن

آکھ رویِکھ نٔنی گٔرتھ     وارٕ چھُکھ ہاوان سٔرِتھ

خاص تھزرس پچھی تھوان     پڑتھ گرس منٛز چھُکھ شُبان

چھےَ نہٕ أنس زبو قمر     چھُس ڈبکس لیکھِتھ مگر



قمر حمید اللہ

(آکھرن: ۱۹۴۸ء)

# سیل فون

فون چُھس کیٛاہ رُت زبر ۔۔۔ وٲنۍ انان چُھس شیٚچھ خبر

چُھس لوٚت تہٕ شوٗبہِ دار ۔۔۔ ہے صِفت چھِم بے شُمار

کوٗت تہٕ کانٛہہ آسہِ دوٗر ۔۔۔ کتھ بہٕ کرٕناوَن ضروٗر

دوٗر یِم اٰسی دزاے ٹٔنۍ ۔۔۔ میٛہ سمبٲھہ نزدیک اٰنۍ

چھِم مےٚ رِکارڈِنگ تگان ۔۔۔ بٔنیہِ بہٕ چُھس فوٹو تُلان

شُری دِنان چھِم سیٹھہ سٔخ ۔۔۔ راوِ راوان زیٛادٕ وق

ہمدرد غم خوار چُھس ۔۔۔ بے غرض اکھ یار چُھس

چھِم مےٚ جوسوٗسی زبر ۔۔۔ تی قمؔر ما چھےٚ خبر



حمیدہ شاہ اختر

(واگہٕ ہوم ویٚجہِ بیٚور: ۱۹۴۷ء)

# موبایِل فون

موبایِل اکھ لوٕکٹ مشین　　خوبصوٗرت تہٕ رنگین

وائرلیس، ریڈیو، ٹی وی　　تژینہٕ وےٚ موبایلس منٛز چھِ

کیمرہ تہِ چھُ منٛز موبایلس　　فوٹو ٹلان پرٛتھ طرفس

گرٕ نِش یم آسان دوٗر　　تِمن سٟتی رأبطہٕ روزان پوٗر

فِلماہ، ڈراما تہِ چھُ ہاوان　　گیٚوناہ سازاہ بوزناوان

ہاوان کتہِ کرکٹ میچ　　کُس گوٚو آوٗٹ کُس روٗٹ کیچ



فیاضؔ تِلگامی
(تِلگوٗم پٹن: ۱۹۵۰ء)

# زوٗن چھنہٕ زوٗن موج

سُہ تہِ اوس وقتاہ شُری أسی نالان
زوٗن موج اسہِ کونہٕ ہیوٚر پچھکھ کھالان
کینٛہہ أسی چشمن پٮ۪ٹ دِتھ أندری
بُجہِ ہنٛدِ پٮ۪نٛدرُک لگٮ۪س گٮ۪س بوزان
ہلہٕ نَس ڈٲلہٕ نَس توہمت أسس
یہِ چھےٚ آفتابس پتہٕ پتہٕ لاران
أخر علمہٕ کہِ برکتہٕ ووٗتُس
پرٛکھنہٕ سانٮ۪ زگتُک انسان
آرم سٹرانگ بیٚیہِ ایلڈرٛن
کوٚچھِ منز وٲتِس کولیزس سان
ژٕرےٚ تہِ چھےٚ اصلی میژٕ ہنٛز صوٗرت
بُترٲژ ووٗنہٕ نَس کتھ پلہٕ ناوان

بۂ تۂ افتابس أنذی أنذی پھیران
ژٕ تۂ چھکھ ے أنذی أنذی گتھ ماران
وق ووتے ییٚلہٕ آدم آسی
چانٕہن صحراون سگہٕ ناوان
ژٕ تۂ ووذٕ میٲنی پاٹھہن آسکھ
آدم لبستی کوچھ للہٕ ناوان



روحی جان

(شُپین: ۱۹۶۷ء)

# گٔر

ٹِک ٹِک ٹِک وُزناوان گٔر

ٹِکہٕ ٹِکھ چھُم کرناوان گٔر

یِزتھاہ چھُم ژاٹہٕ ہالس منز

وقتس چھُم واتناوان گٔر

یِیِلہٕ واتان امتحانٕک وق

شانٛدس پیٹھ چھُس تھاوان گٔر

وقتس پیٹھ چھُس کأم کران

وقتس پیٹھ پرٕناوان گٔر

ریڈیو أسِتن یا ٹی وی

خبرا چھم بوزٕناوان گٔر

نرِ پیٹھ آسان تارُکھ ہش

پزی پأٹھی چھم وتھ ہاوان گٔر

☆☆

اظہار مُبشر
(واگہِ ہوم، ویچہ بیٚور: ۱۹۷۶)

## سیٹلایِٹ

تارکن منز وُچھ تمو بدلے ووپر تارُکھ نژان
زوٗن آفتاب حارتن گے، چِھس مُدَے گنٛڈِتھ وُچھان
آفتابن ووٗن اما کُتاں ووپر آمُت چھُ یور
وتھ ڈٔلتھ کانٛہہ وتہِ گتھاہ شاید ژٔلتھ آمُت چھُ یور
زوٗنہِ دوٗپ چِھم آنٛگنَس منز ساسہٕ بُدی تارکھ گِنٛدان
اوس ماوُچھمُت مے ازتام زانٛہہ تہِ یُتھ تارُکھ پکان
تارُکا سونٛچان اوس، سونٛچان اوس، سونٛچان گوٚو
ژبتھ دِژن، اِدٕ اُخرس پیٚتھ یادتس انسان پیوٚو
وَننہِ لوٚگ سُے آفتابس کوٚ پریشان گوکھ یوٗت
زوٗن موجی، کیٛاہ ونےٚ انسانہٕ سےٚ طاقت چھُ کوٗت
اُمی ہٕندبن شاہکارنٕے زانٛہہ تہِ تُہی ما چِھو سنان
اُمی بنووُمت چھُے یہِ تارُکھ، سیٹلایِٹ چھِس ونان

ریڈیو، ٹی وی تہٕ ٹیلی فون اَمِس محتاج چھُے
راجہِ سِندِ کھوتہٕ تھوٚد تہٕ بوٚڈ، گوٚنڈمُت اَمِس تُمٕے تاج چھُے
موٗچ بَنٛلیٖچ تہٕ پٔکیٖچ چھُس خبر کالےَ ونان
کامہِ کارس کیُت یہِ چھُٕس پرٛتھ ساتہٕ رُت مشوٗرٕ دِوان



# صحتۃ صفائی

(صحتۃ صفائیٔ ہنڈ بن موضؤعن پیٹھ شُر بن ہنڈِ باپتھ نظمۂ تۃ رایمۂ)

غلام نبی ناظر
(یارِپۄر، کولگوم:۱۹۳۱ء)

# طاقت

طوٗے اَلِف، قاف، تے گوٚو طاقت[۱]
لیس طاقت سےٗ کرِ حرکت

بدنُک پزِ اسہِ تھاوُن خیال
رُت رُت کرُن چھُ امہِ باپتھ

کھیوٚن، چیوٚن شۄبان وقتس پیٹھ
حلِٕ ہنہِٕ نیٚرِو سوے چھوٕ کتھ

کالہِٕ پٔتۍ سُلہِ سُلہِ شونگُن جان
کأم گٔرِتھ بیٚیہِ بتہِٕ ہن کھیٚتھ

سُلہِ گرٛتھِ صُبحس نیٚندرِ ووتھُن
رُت شُر تھاوان رُت عادتھ

اتھِٕ بُتھ چھٔلن تہِٕ سران کرُن
یادِ خدا بیٚیہِ سوچھے دولتھ

ورزِش پزِ اسہِ دوہے کرٕنۍ
گِندُن دروگُن بدنس حاجتھ

تندرُستی گیہِ نعمتھ ساس
صحتِ بدن قومُک طاقت



---

۱؎ ط+ا+ق+ت= طاقت

منشوٗر بانہالی

(بنکوٹ بانہال۔ ۱۹۴۸ء)

# ٹاٹھِ گوٚبرا

ٹاٹھِ گوٚبرا بوز سہٕ
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

زندگی سپدی تباہ
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

یُس تمارِکیٚکھ دِہ چیٚوان
تس سو سُر أندری لگان

چھس گرٕھان وأنج سیاہ
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

یُس تہٕ گوٚونشہِ سےٕ قریب
چھُے سہٕ واراہ بد نصیب

یُتھنہٕ اتھ مازکھ ژٕ زانٔہہ
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

دم تہٕ کینٛسر لادوا
یم چھِ چیٚنہٕ وأرِس سزا

یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

ماجہِ مأرِس لوٗب چھُکھ
مُلک و مِلتس شوٗب چھُکھ

تھاو تھوٚد مقصد و مُدعا
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

زُو ژٕٹتھ زیٛنٛز زِیاہ
پتہٕ ٹُلنٕ تتھ دِہہٕ شُبیاہ

ون عقلمندی یہِ چھا
یُتھنہٕ چیٚکھ سگریٹ زانٔہہ

منگ روبس عقلِ سلیم    رٹھ سۄ راہِ مُستقیم
یُتھنۍ دِکھ پانس دغا    یُتھنۍ چیٚکھ سگریٹ زانٛہہ
کر ترقی راتھ دوہہ    زندگی منز مار ژھوہ
چھے یہِ منشوٗرن دُعا    یُتھنۍ چیٚکھ سگریٹ زانٛہہ



پیارے ہتاش

(لال چوک انت ناگ: ۱۹۴۸ء)

# صحت چھُ بڈٕ نعمت

صحت چھُ بڈٕ نعمت    خدایہ سٕنز رحمت
بیٚمأری گیہِ زحمت    بیٚمأری بڈٕ شہمت
صحت چھُ رٕژھراوُن    صحت چھُ ڈٔنجہِ تھاوُن
کٔرِو دوہے ورزِش    تھٔوِو رٕژے خاہِش
صاف تھأوِو تن    صاف تھأوِو من
شۆژ تھأوِو ماحول    صاف تھأوِو ماحول
کٔرِو سہٕ باغن رأچھ    کٔرِو سہٕ ناگن رأچھ
کولن مہٕ ترأوِو ژھوٚٹھ    کٔرِو مہٕ پونٛی کھوٚٹھ
ہوا تھٔوِو سہِ صاف    یِمٕے چھِ رٕتۍ اوصاف
چھےٚ گندگی دُشمن    صاف تھو تن من
پٔرِو لیکھوِ سأری    خدایے کرِ یأری

☆☆

قمر حمید اللہ
(آکھرن: ۱۹۴۸ء)

# صاف ماحول

صاف تھَو اوند پۄکھ پٔنُن — چھُے ژٕے رُت انسان بنُن

صاف ماحولس اندر — نیکین سپدان ہُر بر

گنٛدٕ گی دادبن چھِ سگ — ؤلی گرِو گنٛد گی الگ

گنٛدٕ گی منز یم پلان — تِم چھِ دادبو ستۍ گلان

گنٛدٕ ماحولُک اثر — جسم و جانس گُثیت زَہر

دِہہٕ تہٕ لٔثہ گرد وغُبار — پاٹھین لِتھ پاوان بیمار

فطرتس ستۍ لڑمہٕ زانٔہہ — کرمہٕ ماحولٕے تباہ

ظاہر و باطن پٔنُن — صاف تھَو سورُے چھلُن

صاف سوچِتھ صاف روز — حق تہٕ پۄزا دِ وارٕ بوزٕ

پاک تھوتن ، من ، نظر — رأضی رّب تتھی چھے قمر

☆☆

شفقت الطاف
(فرصل کولگوم: ۱۹۶۷ء)

# صاف روزٕن چھُ ضروٗری

گِندِو درٚوِکو أسِو لئِو    پرٕو لیٖکھِو ، لیٖکھِو پرٕو
سُلے وٕتھِو سُلے شونِگو    رٕژر رٕژر ربّس منِگو
سران دیان گرٕشھِ کرُن    یاد ربّ گرٕشھِ کرُن
صاف شوٗژ تن تھٕوِو    أنہٕ ہیوٗ من تھٕوِو
صاف تھٕوِو پلو پٕنُن    صاف تھٕوِو کھین پٕنُن
دوہے دندن برٗشہ کرُن    دوہے دوہے مس چھلُن
اونٛد پوٚکھ تہٕ تھٕوِن صاف    گرٕ پٕنُن تہٕ تھوٗن صاف
قٕمتی چھےٚ زِندگی    اِمچ دُشمن چھےٚ گندگی

صاف روزُن چھُ ضروٗری
رٕچھو صحت تہٕ زندگی



هیۆر کھسہٕ ہا واوس پپٹھ درٕ ہا
ہُتھ زٔونہِ بہٕ لۆتلۆتمۆت کرٕہا
تھپہٕ تھارِ بہٕ تارَکھ چنٛدٕ برٕ ہا
(غلام نبی آتش)

# اُسی شُری

(نظمہٕ تہٕ رایمہٕ ، یمن منٛز شُر بن ہنٛزِ خأہشہِ تہٕنٛز ے زیوِ باونہٕ آمٕژ چھےٚ)

مرزا غلام حسن بیگ عارف
(کاڑی پوٗرانٹ ناگ:۲۰۰۳ء-۱۹۱۰ء)

## لوکٹے موکٹے تارکو

لوکٹے موکٹے تارکو
اُچھ وٹان مند چھان چھُکھو
کیا کران کِتہٕ دوہہ بران
راتھ گیٚیت سٔدرس تران
تراونب ووٚلہٕ یوٗرِ وس
وس تہٕ گِنٛد اسہٕ ستی لَس
ستی ستی پھِر ناوٕ ہتھ
زندگی ہیٚچھہٕ ناوٕ ہتھ
ٹوٚپہٕ پیٚٹھ تھوٚہتھ جُرِتھ
روز ہے مُدیا گرِتھ
میٹھ کیا اُچھ ناٹ چاےٚ
رٔنبہٕ وُنی کیا چاٹھ میاےٚ

☆☆

## مرزا غلام حسن بیگ عارف

(کأڑی پۄ رانٹت ناگ: ۲۰۰۳ء ـ ۱۹۱۰ء)

# سأنٛی کأم

نار حسدُک شہلاوُن بسأنٛی کأم ۔۔۔ دود تہٕ شکر مِلہٕ ناوُن سأنٛی کأم

صاف باوُن زانٛہہ تھاوُن اوم زوم ۔۔۔ مانہِ نٔے کانٛہہ مأنہِ راوُن سأنٛی کأم

تارِ کن وۄن تارکس وولہٕ نیر پکھ ۔۔۔ انہِ گٹہِ منٛز گاش ہاوُن سأنٛی کأم

ژھٹہٕ نأوِتھ ییٚر ناوِنٛ کوہ تہٕ بال ۔۔۔ سینہٕ آبکی پأٹھی تھاوُن سأنٛی کأم

گرٛنھہِ نہٕ اَسُن کانٛہہ دِیان تراوان ووش ۔۔۔ وَدوُن گُل اسہٕ ناوُن سأنٛی کأم



دیناناتھ نادمؔ
(حبہٕ کدل سری نگر:۱۹۸۸ء-۱۹۱۶ء)

# لوکٕٹ چھُس

لوکٕٹ چھُس بہٕ کأشُر مےٚ ناو نوبہار
جوأنی مےٚ وبس یار چھُم لوکہٕ چار
مےٚ تارُکھ بُنتھ چھُم نبس پێٹھ کھُسُن
گولاباہ بُنتھ وارِ منز چھُم اسُن
مےٚ چھُم زِندٕ روزُن، لُسن تہٕ بسُن
أچھن منز مےٚ نأتپان حیاتک خُمار
بنُن آشہِ رٕسی تبن ہنزے چھُم مےٚ آش
انُن گٹہٕ زٕلِس منز مےٚ پرٕزُک چھُ گاش
خیالن نٔوبن چھُم کرٕنۍ رہبری
مٹاوٕنۍ مےٚ چھُم زرگری بے زٕری
نہ لاچار تھاوُن نہ نادار کانہہ
نہ بوچھِ ہوٚت نہ بے کس نہ بے کار کانہہ
نہ باقےٚ تھٔوُن مسلہٕ دشوار کانہہ
کرُن چھُم نٔوٕ وے اکھ جہانا تیار

☆☆

غلام احمد فاضل کشمیری
(ڈب تل مہاراج گنج سری نگر: ۲۰۰۴ء-۱۹۱۶ء)

# نونہال

| | |
|---|---|
| أسی چھِ وطنکی نونہال | بے بہاتے بے مثال |
| پُر ہُنر تےَ با کمال | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| أسی چھِ وأرِث عالمن | کار سوئے علم و فن |
| مول سبٹھاہ سانین کتھن | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| أسی بہارِ کی جانور | بول بوش سون کیا زبر |
| سون باغس پیٹھ اثر | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| أسی نشاطن ہنز اُمید | شالمارن ہنز نَوید |
| سون اکھ اکھ دوہ چھُ عید | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| أسی نہٕ کھوژان زلزلن | وُزملن طوٗفانٕی تژ ٹن |
| أسی وُچھتھ دُشمن نٹن | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| سارِنی تھوٚد سون سر | دِل بہادُر بے خطر |
| أسی ہمالکی شیرِ نر | أسی چھِ وطنکی نونہال |
| أسی چھِ لوکہٕ ڈ ہوش مند | حوصلس منز سر بُلند |
| تارکن لایو کمند | أسی چھِ وطنکی نونہال |

☆☆

شہید سلمانی
(سرینگر:۱۹۳۱ء)

# ژُری أزِ کی أسی چھِ

لولہٕ پیمانہٕ أسی نو بہارن برٚو
خونِ دل وطنہٕ کین سبزٕ اران برٚو
مسولن سگ دِمو سوٚہٕبلن گوٚڑ برو
خونِ دل وطنہٕ کین سبزاران برٚو
وٕوٕلر کے آبہٕ چِی أسی چھِ وٕتھوٗنی لہر
رأچھ یُس گلُشنس سُے کوہن ہُنٛد تھزر
باہٕ من ہیٛز پھلے ، تنبٕگلن ہُنٛد تیٛر
تارٕکن پے ہوان سأنی اکھ اکھ نظر
واہٕ ہالن اندر تارٕ سٕدرس ترٚو
خونِ دل وطنہٕ کین سبزاران برٚو
تاپہٕ کراین اندر بونہٕ شہجار أسی
ہرٕدِ ژھاین اندر گُل تہٕ گلزار أسی

ناگہٕ رادن ہٕنٛدی تازٕ سبزار أسی
شُری أزِکی أسی چھِ پگہکی وطندار أسی
کوہسارن اندر أسی چھِ کھسہٕ وٕنُی سرو
خونِ دل وطنہٕ کہن سبزٕزاران بَرو



موہن لال آش

(وۍنِجہٕ بیور: ۲۰۱۲ء۔۱۹۳۴ء)

# أسی چھِ کانٛچھان نو بہار

أسی پدم ناگکی ملر تے أسی ہمالکی تاجدار

أسی چھِ پانٛژ الکی تھزر تے أسی ونن ہنٛدی مُشکہٕ دار

سون ماتا مال آسان ہرموکھس پیٹھ شۆبہ دار

سون یاوُن اہر بلہٕ کٮ۪ن آبشارن رأچھ دار

شالہٕ مأرس شۆبہٕ ناوان سانہِ لولُک جُت جہار

أسی چھِ کانٛچھان نو بہارٕ ے نو بہارٕ ے نو بہار

أسی چھِ آمتی باگہِ وقتس شیرِ لیکھِتھ رِتی اچھر

لولہٕ مس دِنی پیالہٕ بٔری بٔری شوقہٕ والنہٕ سربسر

اہرِ بلہٕ کٮ۪ن آبشارن منز چھُ سونٔے کاروبار

أسی چھِ کانٛچھان نو بہارٕ ے نو بہارٕ ے نو بہار



غلام نبی خیال

(مشائی محلہِ سری نگر: ۱۹۳۶ء)

# کشیرٕکی گبر

پننہِ کشیرٕکی گبر کِتیاہ زبر
أسی چھِ وطنکہِ پوشہِ باغکی رأچھ در

سانہِ شوقکُ نۆز پیتھ پرِ یزٕلن سنگر
أسی چھِ وطنکہِ پوشہِ باغکی رأچھ در

أسی چھِ صُبحچہِ نۆرٕ زٕژٕ پشپان چھُ نۆر
پھولِنس باغس اندر زن پوشہِ ٹۆر

پگہہِ کیٚن رنٛگیٚن دوہن اسہِ گُن نظر
أسی چھِ وطنکہِ پوشہِ باغکی رأچھِ در

مانٛچھ پریڈان اُلفتکُ سانین کتھن
مُحبتچ بُنیادِ سانین ہاوسن

نفرتکی دیوار لٔہر اَوو پتھر
أسی چھِ وطنکہِ پوشہِ باغکی رأچھ در

نغمہِ ملہِ ژارٕکی پُرٕو تھاوو ژٕبتس
اسہِ چھِ لوٕلکی پوش لاگٕنۍ عالمس

انہِ گٔٹس منز اسہِ چُھ پھولہِ ناوُن سحر
أسی چھِ وطنکہِ پوشہِ باغکی رأچھ در



شہبازؔ راجوروی
(بہروٹ راجوری: ۱۹۴۰ء)

# کِرکٹ

واہ واہ خوش تھاوان کرکٹ
خوٗب تماشاہ ہاوان کرکٹ
مأدانن ، سڑکن ، کوچن منز
راج پٹھن وہراوان کرِکٹ
زٕون یا زٕنی اَسن ، شُر یا بُڈ
پرٕ بتھ کأنسہِ چھُ رٔتہٕ ناوان کرکٹ
وہراتھ لگان ''چوکن'' تہٕ ''چھکن'' ہنٛز
لۆکن وۆٹہٕ تُلنہٕ ناوان کرکٹ
از کل ہر کانٛہہ مول تہٕ موج
شوقہٕ شُربن گِند ناوان کرکٹ
کاشرٕ ھا ، یَس تھوِ تاج کلس پیٹھ
لۆکن آورُ تھاوان کرکٹ
پھٕول کأشُر گُل ، پرویز رسول
شوٗہرتھ عظمت دیاوان کرکٹ

☆☆

شیخ راضی
(کنبلون ویچھٕ بیور: ۱۹۴۳ء)

# مےٚ تیٚے پکھٕ آسہٕ ہن

پھیر ہا بہٕ تہٕ اورٕ یور — اکھ وُڈو کرٕ ہا ژوپور
نیٚک پیہن چھُس چھمنہٕ زور — وٕ ہے مےٚ تیٚے پکھٕ آسہٕ ہن
یئت بوٚڈ عالم مگر — چھُمنہٕ وُچھمُت کیٛاہ ہرٛر
جان کیٛاہ گیہٕ جانہٕ وٚر — وٕ ہے مےٚ تیٚے پکھٕ آسہٕ ہن
دوہہ دوہس بس کھیٚون تہٕ چوٚن — بے خبر رالِس شونٛگُن
پی گوٚوا اَخرٕ لُسن — وٕ ہے مےٚ تیٚے پکھٕ آسہٕ ہن
کوٚچھِ رٹہٕ ہن آفتاب — تارٕکن کرٕ ہا حساب
بوچھِ ہٕتی چھِم لولہٕ خاب — وٕ ہے مےٚ تیٚے پکھٕ آسہٕ ہن



عبدالاحدفرہاد
(صۆوُر:۱۹۴۶ء)

# پھولہٕ وٕنۍ پوش

یٖیمہِ چمنکۍ پھولہٕ وٕنۍ پوش چھِ أسۍ
ماحول چھُ سورُے مُشکاوُن
یَتھ ہرٕدِچ زردی پھیرِ نہٕ زانٛہہ
ٹیٚتھ سونٛتھ چھُ طرفن پھولہٕ ناوُن
دِل صاف چھِ ما زانٛو نفرت
تعظیم زِٹھہن کنٛزٕھہن شفقت
پیغام چھُ لولُک پھٲلاوُن
ماحول چھُ سورُے مُشکاوُن
ہیوٚنٛد سِکھ تہٕ مسلمان بیوٚن چھُنہٕ کانٛہہ
سوکھٕ دوکھٕ وِزِاسہِ کُن زوٚن چھُنہٕ کانٛہہ
اسہِ باغ پٔنُن یکہٕ وٹہٕ چھاوُن
ماحول چھُ سورُے مُشکاوُن

فرہادٕ بٔنتھ أسۍ بال ژٹو<br>
جبرس ظُلمس نال ژٹو

کوٚر فائصل ، پرٕ بتھ کاثہہ اسناوُن<br>
ماحول چھُ سوُرے مُشکاوُن



غلام نبی آتش
(نانل، اننت ناگ: ۱۹۴۹ء)

# أسی شُری

أسی رۄدی پلان گُلزارن منز
شہجارن منز ، سبزارن منز
وبتھ ۆتھرِس پھۆلی گلہِ ٹۆری أسی
أسی رۄدی سرس مُژھی جارن منز
اسہِ وطنن گلہِ گلہِ شیر دُیتُن
روننہِ منزِ لبن منز مہہ پارن منز
اسہِ شُرِنیِ چھُ پگہُک تاج کلس
أسی نغمہِ گبو کونگہِ ڈارن منز
اسہِ کُن چھُ وُچھان کمہِ آشہِ وطن
أسی باشہِ کران ویرِوارن منز
حق والو نکھِ مومہِ دامن ہُنُد
طوٗفانن منز تۆ کجارن منز

☆☆

غلام نبی آتش

(نائل، اننت ناگ: ۱۹۴۹ء)

# وُپھ ٹلہٕ ہا

وُپھ ٹلہٕ ہا
وُپھِ ہیوٚر ہیوٚر کھسہٕ ہا
بیٚیہٕ وسہٕ ہا
بیٚیہٕ ہیوٚر ہیوٚر کھسہٕ ہا
نوٚو وُچھِ ہا
نوِ کھوتہٕ نوٚو وُچھِ ہا
ہیوٚر کھسہٕ ہا
واوس پٹھ درٕ ہا
ہُتھ زوٗنہِ بہِ لوٚت لوٚت
موٚت کرٕ ہا
مونہٕ مِیٹھۍ ڈیکس
سوٚت سوٚت کرٕ ہا
تھپہٕ تھارِ بہٕ
تارکھ چنٛدٕ برٕ ہا
وُپھ ٹلہٕ ہا
وُپھِ ہیوٚر ہیوٚر کھسہٕ ہا

☆☆

غلام نبی آتش
(نائل، اننت ناگ:۱۹۴۹ء)

## شُرتہٕ چھِٹہٕ پوٚنپرُ

چھِی چھِی چھِی چھِٹہٕ پوٚنپرُ آو
آو تہٕ رنگ تھٕیکہٕ ناوان آو
پوٚشس پوٚشس پێٹھی پوٚک واو
چھِٹہٕ پوٚنپرُ میٚتہٕ رنگ دِھنا
گرٕ کتہٕ چھُے ، گرٕ ہا وکھنا
گُڈی تہٕ دِمے، گُڈو تہٕ دِمے
ٹی ٹی تہٕ دِمے موبایل دِمے
رسنا تہٕ دِمے ٹافی تہٕ دِمے
رنگ دِھنا ، پانس نِش نِکھنا
بہٕ تہٕ وُپھہٕ ہا
ژھێپتہٕ ژھأرِس گِندہٕ ہا



غلام رسول جوشؔ

(کنہٕ دجن، ژرارِ شریف: ۱۹۴۹ء)

# أسی أسی

پزٕ کٕی دعویٰ دار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

ہوَسن ہُنٛد لوکہٕ چار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

گُنٛز سپدِتھ ہم آواز بنَو أسی — گُن دِل گُنٛز آواز بنَو أسی

اکھ أکٕی سٕنٛدی غم خوار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

نٔوستھ ہِتھ نوِ تارِ تہٕ وأسی — اسمانن ہُنٛد سأل کرو أسی

ترقی ہُنٛد رفتار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

اپزِس نِش سرخم نہٕ کرو زانٛہہ — پوٚز ونہٕ نِس ہرگز نہٕ ڈرو زانٛہہ

چھاوَو نوٚو سمسار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

یکدم سأری بأے رلو أسی — مظلوٗمن ہنٛدی داغ چھلو أسی

ظُلمس بُتھِ تلوار أسی أسی — وطنٕکی نٔوی معمار أسی أسی

☆☆

فیاضؔ تِلگامی
(تِلگام، پٹن: ۱۹۵۰ء)

# کھسو گنڈ ولس

أسی ہا دژایہِ سأئلس گُلمرگ مأئلس
یار دوس سأری کھسَو ہا گنڈولس

یارِ ونس ژھایہِ ژھایہِ گنڈولا کار دژایہِ
نہ چھےٚ کراں ءٔس ءٔس نہ چھےٚ کراں ءٔتس ءٔتس

ہوٚرِ تہٕ چھُ سبزار یوٚرِ تہٕ چھُ سبزار
پوٚلن ءٔتی گنڈِتھ تار تارِ اویزان کار

مأری منزٕے شیشہِ کارِ پأنی پانٔے کُھلان دارِ
نِکو تہٕ بُڈی تہٕ کھسان لارِلارِ وارِ وارِ

گوڈنیکُٕ پڑاو چھُس کِھلن مرگ ناو چھُس
شوٗبہِ وُنی کیاہ کونگہٕ ڈوٗر نافہِ ژھٹان واو چھُس

اپھروٹھ کِس بالس زن چھِ کھسان سالس
بالس چھےٚ کارسجان چوٗنہِ جُرِتھ نالس

کار وأژ ٹاپَس أتی پھیر واپس
درایہِ گُرِتھ الِوداع ألہٕ پتھرِ ناگس

☆☆

فیاضؔ تِلگامی
(تِلگام، پٹن: ۱۹۵۰ء)

# گُڈی میأنۍ

وچھتہٕ کاأژاہ نُنٛدٕ بأنۍ    میأنۍ گُڈی ، گُڈی میأنۍ
میأنۍ گُڈی کیٛاہ چھےٚ جان    سورمہٕ أچھن شۆبان
میٛانہِ گُڈی دۆرِکن    میٛانہِ گُڈی پوشہِ تن
میٛانہِ گُڈی طوطہٕ نس    سجان چھس سجان چھس
میٛانہِ گُڈی پأڈٕ مَس    مستس لأرِتھ کِلفہٕ چھس
میٛانہِ گُڈی حۆرٕ چألۍ    رنٛگ برنٛگی جامہٕ نألۍ
نالس جُرِتھ چۆنہِ چھس    موکھتہٕ شۆبان دامنس
میٛانہِ گُڈی مأنٛزِ نم    میٛانہِ گُڈی کیٛاہ چھُ غم
نُنٛدٕ بأنۍ نُنٛدٕ بأنۍ    میأنۍ گُڈی گُڈی میأنۍ



فیاضؔ تِلگامی
(تِلگام، پٹن: ۱۹۵۰ء)

## أسی شُری

اسہِ چھُ برونٹھہ برونٹھہ کاروان　　أسی چھِ پگہکی پاسبان
منزِلے اسہِ میزبان　　أسی چھِ پگہکی پاسبان
سانہِ مِلرثارُک نِشان　　میٹھ مُژ کأشِر زبان
برونٹھ پکنُک کیاہ چھُ ڈر　　أسی تن کرو ٹھے سفر
اسہِ چھِ پھولہِ وُنی پوشہِ پان　　أسی چھِ پگہکی پاسبان
أسی چھِ وطنکی رأچھِ در　　بأطلس پُھٹرو کمر
اسہِ چھےٚ پزر چ پأری زان　　أسی چھِ پگہکی پاسبان
اسہِ چھِ پھولراوُنی گلاب　　اسہِ چھِ مُشکاوِنی سراب
أسی چھِ باغکی باغوان　　أسی چھِ پگہکی پاسبان

رأچھِ پرٛتھ رازس چھِ أسی
ٹأٹھی فیاضؔ چھِ أسی

لول اسہِ سأری بران　　أسی چھِ پگہکی پاسبان



فیاضؔ تِلگامی
(تِلگام، پٹن: ۱۹۵۰ء)

# شُری

چھِ شُری چھِ یار یار اُسی چمن چمن بہار اُسی
گُنۍ چھِ موکھتہٕ ہار اُسی یِوِکی چھِ شیٖر خوار اُسی
نِگاہ چھِ خانہٕ دار اُسی چمن چمن بہار اُسی
پرٛزر وَنو اُپز کھٹو ادب ہیچھو عِلم پرو
پرو لیکھو سمُت کرو لُکن یِمو بکار اُسی
چھِ شُری چھِ یار یار اُسی چمن چمن بہار اُسی
عزم رَچھو زبَر زبَر ہمتھ کرو گنڈو کمر
پھولو نوٗوے صُبح سحر سگو تہٕ لالہٕ زار اُسی
چھِ شُری چھِ یار یار اُسی چمن چمن بہار اُسی



فیاضؔ تِلگامی

(تِلگام، پٹن: ۱۹۵۰ء)

## گاشہِ تارُک

شمع گاٹہٕ جارُک بہ چھُس گاشہِ تارُک
طمع نو بہارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک
پکُن چھُم، پرُن چھُم مےٚ نوٚو نوٚو ہیٚچھُن چھُم
سبق پانہٕ نیارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک
بہ چھُس کرانکھ واجن بہٕ چھُس آش ماجن
آلو امارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک
یژھان میأنی یأری چھِ توشان سأری
نشان اعتبارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک
فخر آسمانکُ زمینکُ زمانکُ
نشان بأے چارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک
فیاضاؔ رٕژھرمن دوہے نونہالن
لُطف چانہِ شارُک بہٕ چھُس گاشہِ تارُک

☆☆

نادِراحسن
(کاٹھسو، پہلگام: ۱۹۵۲ء)

# چھُس گُلستانُک نو بہار

نیُگ چھُس مگرِ بےٚ شوٗب چھُس
بےٚ شوٗب چھُس بےٚ لوٗب چھُس
پرٚ بتھ کأنسہِ ہُنٛد محبوٗب چھُس
پرٚ بتھ کأنسہِ ہُنٛد مطلوٗب چھُس
ریٚش وارِ ہُندے چھُس وقار
چھُس گُلستانُک نوبہار

شُر ماجہِ ہُنٛد چھُس آستان
ژھاین تہٕ گراین چھُم وُچھان
کھیاوان تہٕ چاوان شوقہٕ سان
مےٚ کُن وٕچھتھ دوہہٕ دوہہٕ کڈان
چھُس ماجہِ مأرِس اعتبار
چھُس گُلستانُک نوبہار

سیٖمہِ باغہٕ کیٚ سبزار چھُس
گُرشمس اندر شہچار چھُس
یار، یار ن یار چھُس
قودرتُک شاہکار چھُس
ریٚش وارِ ہُندے چھُس وقار
چھُس گُلستانُک نوبہار

رُت پرُن لیکھُن مےٚ چھُم
اخلاق ورتاوُن مےٚ چھُم
پوٚز پوٚزُے باوُن مےٚ چھُم
لول ورتاوُن مےٚ چھُم
ریٚش وارِ ہُندے چھُس وقار
چھُس گُلستانُک نوبہار

☆☆

رشید کانسپوٗری

(کانسپور، ورمُل: ۱۹۵۵ء)

# میٚون سائیکل

عاقلو برسر یہِ مون باوفا سائیکل چُھ میون

عاَن وقتس پٔتھ چھُ یار کار آمد بے شُمار

نۓ کران بد رول زانہہ نۓ منگان پٹرول زانہہ

پۄر کرٕوُن لول میون بیٚیہِ رچھان ماحول میون

واہ یہِ چھُم مُفتے پکان اَس چھُس ہۄ ہس پٔتھ چلان

مُفت سوٲریا چھُس کران ٹوٗٹھ چھُم، چھُم خوش کران



شہزآدہ رفیق

(میمندر، شُپین: ۱۹۵۹ء)

# سآٔل

وڈلہِ یارِ گرِژھو ڈل  موسم چھُ از شوقل

پِٹو، چھُ گومُت پاس  محنت چھےٚ دِوان پھل

رِنکو ، چھُ گومُت گام  تس اُس دراہِرژ کل

انہِ راجہِ کمپیوٹر  ڈِکوٗ تہِ ڈی سایکل

ڈِکی تہِ گوٚو ڈکسُم  راہِن تہِ گوٚو اچھِ ول

راجوٗ تہِ بِٹو ’جی  دوشوے چھِ بڈِ سانٛگل

بربسوارِ گرِژھو ژار  تتہِ ہیتھ یمو رُت پھل

وُچھ آسمانن گُن  وُچھ درایہِ ژنٛز سوژل

یمہِ اٹھِ چھُ مدُر تاپھ  ہُمہِ اٹھِ گرِژھان وُزمل

وُچھ قدرتکی رنگ رِپھ  اوٹھ پوٚکھہ چھُ زن مخمل

(زٕ تیچھِ نظمہِ ”سآٔل نامہِ“ منٛز)



مقبول وپرے
(محلّہ میر علی، اننت ناگ: ۱۹۶۳ء)

# مێون گرٕ

لوٕکٹ موٕکٹ بہٕ کوٗر چھس    لێکھان پران پوٗر چھس
خدا ے مہربان چھُم    مأڈی سُنڈ مکان چھُم
یوہے سون شوٗب شان    أتی چھِ أسی لسان بسان
بأڑ أسی گرس چھِ أٹھ    سارِنٕے چھس بہٕ ٹأٹھ
نأنی چھم، رچھان چھم    نالہٕ متہٕ رٹان چھم
تمِس چھُ کمرٕ اکھ پٔنُن    تتھی اندر وۆتھُن بہُن
ماجہِ ہُنڈ تہٕ کمرٕ اکھ    پوٗر سجأوِتھ چُھ سَنٛ
ماجہِ سنٛ چھُ میأنی مالے    خدا دِی تس زیوٗٹھ آے
بأبے سُنڈ تہٕ کمرٕ اکھ    سُہ تہٕ سجأوتھ چھُ سَنٛ
رٕچھ تمِس بوڑ خدا ے    لگی تس میون آے
بێنہٕ اکھ لوٕکٹ چھم    بول بوش کران چھم
مێتہٕ چھُ پٔنُن کمرٕ اکھ    پوٗر سجأوِتھ چھُ سنٛ
ٹی، وی، لاگنوٗم مأڈی    فرج اونُم ماجہِ ڈأڈی

بأٓے دِٹزم جاے نماز　　سارِنے چھُ مےٗ پیٹھ ناز
أتٓ بہَ پران لیکھان چھَس　　أتٓ بہ نماز پران چھَس
أتٓ بہٖ وتھان بیٛہان چھَس　　أتٓ بہٖ گندان دروکان چھَس
گرٖ پٔنُن چھُم خوش کران　　گرٖ پٔنُن چھُ زوٗتہٖ جان



رِوِندر روی
(صوف شالی، اننت ناگ:۱۹٦۴ء)

# گگُوٗس

گگُوٗس گگُوٗس گِندِو ہسہ
وۄٹھا تُلو دروکو ہسہ
ژِنس نبس مُدے گنڈِتھ
سۄمتھ دُعا منگو ہسہ
گِنڈو ہسہ اَسو ہسہ
اَسو ہسہ لسو ہسہ
کھلس گونٛن پیٹھے تُلو
کنٛزس لِواہ مُنو ہسہ
لِنٛز ونس کجُاہ ژٹو
داہ داہ ماوِ رُووٕ ہسہ
رِژنٛ کتھن سنو ہسہ
زِٹھن کتھن عزت کرو ہسہ
گگُوٗس گگُوٗس گِندو ہسہ
گِندو ہسہ نژو ہسہ

☆☆

موج چھےٚ پھولُونہِ صُبح ہکُ گاہ

موج چھےٚ آمبن ٹھؠلن پھاہ

موج چھےٚ پشمینٕچ نرمی

موج چھےٚ افتابٕچ گرمی

(خورشید قریشی)

# موج

(ماجِنٛیارس تہٕ ماجہِ متعلق شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ نظمہ تہٕ رایمہِ)

ایوب صأبر
(بگُو وم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# اللہ اللہ باوان موج

اللہ اللہ باوان موج
ژہنٛس منز چھم تراوان موج
بیقل ، معصوٗمس نادانس
پاٗیس وٗلی چھم پاوان موج
صُبحن سُلہِ سُلہِ وُزناوان
کالے سُلہِ چھم ساوان موج
ہو ہو کٔری کٔری لولہِ للہٕ وان
گلہِ گلہِ دود چھم چاوان موج
اپزِس پٹھ سپدان ناراض
پزٕرچ وتھ چھم ہاوان موج
محنت کٔری کٔری زینان مول
رٕژٕ رٕژٕ نعمژ کھیاوان موج
جابٔر کُس اِدٕ صأبر کُس
سبقاہ چھم پرناوان موج

☆☆

فدا راجوری
(بہروٹ، راجوری: ۱۹۴۱ء)

## موجی ژٕ چھکھ لولُک سۓدر

کیٛا شوٗژ چھے آسان نظر
چھکھ دأدی ژالان در جگر
رٔچھ رٔچھ امارن رأچھدر
موجی ژٕ چھکھ لولُک سۓدر

ژٕے شوٗب سأنی از پگاہ
چأنی نظر جنت نگاہ
تھٔز چأنٛز گرٛاہ بارگاہ
باوان تہٕ شاہِ انبیاہؐ
موجی ژٕ چھکھ لولُک سۓدر

ژٕے شوٗب چھکھ سمسارسۓ
ژٕے شٕہُل تاپس ہارٕسۓ
حد چھُے نہٕ کینٛہہ امارٕسۓ
موجی ژٕ چھکھ لولُک سۓدر

☆☆

رنجور تِلگامی
(تلگام، پٹن: ۱۹۴۹ء)

# موج

آسمانکُ تحفہٕ رشتن ہنٛدِ وجوٗدٕچ سَر چھےٚ موج
شفقتکُ ، لولکُ ، امارُک ، محبتکُ پیکر چھےٚ موج

ماجہِ ہنٛز کھون پرتھ شُرِس خاطرٕ چھےٚ گوڈنیکُ ژلٕہٕ ہال
زندگی سفراتہٕ اتھ سفرس اندر رہبر چھےٚ موج

ماجہِ ہنٛدِ کھوتہٕ چھےٚ نہٕ کانٛہہ رِشتے مُدریا پوٚزتہٕ پاک
پوٚشہِ امبر ، خوبہِ کنٛز رٕژ ، بوبہِ کنٛز ادفر چھےٚ موج

موج راٗضی چھےٚ نہٕ یوٚ دنفرت کرِی چھُکھ بدنصیب
بددُعا ژنٛگی قدرتس دردس تھوان خنجر چھےٚ موج

موج تکلیفس اندر چھےٚ ستھ، غمن منٛز غم گُسار
زندگی چھےٚ تاپہِ طوٗفانا شُہُل منظر چھےٚ موج

ماجہِ پادن تَل چھُ جنت، یِی چھِ فرماوان حضوٗرؐ
ییٚتہِ چھےٚ چاوان شیرِ تتہِ تسنیم تے کوثر چھےٚ موج

ماجہِ کاںٛہہ اولاد رُت آسان تہٕ کاںٛہہ آساں خراب
سارِنے عأبن تہٕ اتر بن پپٹھ تھوان ژادر چھےٚ موج

دأیرکھ رنجوٗر کأتیاہ گون مہربان ماجہِ ہٕنٛدی
دفترس گرٕکس گٲہے نوکر گہَے افسر چھےٚ موج



بشیر چراغ
(قاضی حمام، وُرل: ۱۹۵۲ء)

# پنٕز موج

کۆمہِ لیس پچھِ یوان برگِ چمن — سوٚے چھےٚ پنٕز موج
دوہ راتھ پھولان، غنچہِ دہن — سوٚے چھےٚ پنٕز موج
ریٚش، غوث تہٕ اوتار — تیٚمِس ماجہِ وٕلی زاے
پھوٚلراوِ یوسے لولہٕ چمن — سوٚے چھےٚ پنٕز موج
ماجہِ وُزان شیر، شفقت — ناگ وچھس تل
لیس پانہٕ بخُشمت چھُ دین — سوٚے چھےٚ پنٕز موج
پرٕتیتھ رٕچھو ماجہ — ٹُلوِ میٚژ تہٕ بنوٕ سون
دأرِتھ چھےٚ روزان سینہٕ غمن — سوٚے چھےٚ پنٕز موج



رشید کانسپوری

(کانسپور، ورمُل: ١٩٥٥ء)

# لولہِ للہٕ ناوان پنہٕ نی موج

لولہِ للہٕ ناوان پنہٕ نی موج
دودٕ ہن چاوان پنہٕ نی موج

رُت کیٔا گوٚو، اِدٕ بد کیٔا گوٚو
یِی ہیچھِ ناوان پنہٕ نی موج

سُلہِ سُلہِ ساوان سِپنس ستیٔ
سُلہِ وُزناوان پنہٕ نی موج

ستیٔ ستیٔ نیران مدرس گُن
کھیاوان چاوان پنہٕ نی موج

کیٔژھا میٔژھا صُبح شام
کھیاوان چاوان پنہٕ نی موج

اولاد ہرگہہ روشان چھُس
رسہٕ رسہٕ منہٕ وان پنہٕ نی موج



خورشید قریشی
(ورمُل: ۱۹٦۸ء)

# موج

موج چھےٚ پھولُونہِ صبُحک گاہ
موج چھےٚ آمبن ٹھۄلن پھاہ
موج چھےٚ معصوٗمن ہنٛز دگ
موج چھےٚ انسانس شہہ رگ
موج چھےٚ منٛز صحراوس آب
موج چھےٚ معصوٗمن ہُنٛد خواب
موج چھےٚ کرٛاین منٛز شہجار
موج چھےٚ للہِ وان جِگرس نار
موج چھےٚ سپرن ہُنٛد سر پوش
موج چھےٚ آدن پانٛک بوش
موج چھےٚ پشمینٛچ نرمی
موج چھےٚ افتابٕچ گرمی
موج شُرِس بِکُر شۄب تہٕ لۄب
موج چھےٚ خورشیدٕس محبوٗب

☆☆

چھُس بہٕ کأشُر زبان چھم کأشِر
میٲنہِ بابا، پچھان چھم کأشِر
مول کأشُر مےٚ موج چھم کأشِر
بوز اصلی مےٚ کان چھم کأشِر

(ایوب صابرؔ)

# کأشِر زبان

(کأشرِ زبأنی متعلق شُر بن ہئِندِ باپتھ نظمہٕ تہٕ رایمہٕ)

نشاط کشتواڑی

(کشتواڑ:۱۹۹۲ء-۱۹۰۹ء)

# کأشِر زبان

بہ چھُس کأشِر تہٕ چھُم کأشِر زباناہ
یُہَے چھےٚ میٲنہِ تہذیبُک نِشانا
مےٚ اَتھ پیٹھ ناز چھےٚ امہِ کےٚ گُمانا
امیُک عظمت چھُ مأنتھ اکھ زمانہ
مبارک کأشِرن کأشِر زباناہ

پُرِو ہرگاہ تُہی اُردو تہٕ ہندی
کرِو حأصل انگریزی تہٕ ہندی
لبُو پرٕبتھ علمہٕ سےٕ منٛز سربُلندی
مگر کأشُر چھُ توہیہٕ گیٛت نانِ قنٛدی
مبارکِ کأشِرن کأشِر زبانا

چھُ امہِ رِکس پوشہِ باغس منٛز بہارا
گُلن چھنہٕ گُلشنس منٛز کأنہہ شُمارا
پھولِنہِ لگۍ ہتۍ ئوی ئوی گُل تہٕ وارا
گلا باہ سُنبُلا بیٚیہٕ گُل انارا
مبارک کأشِرن کأشِر زباناہ

پروفیسر رحمان راہیؔ
(وازِ پوٗر، سری نگر: ۱۹۲۵ء)

# کاشِر زبان

کأشر بنٔ ہٕنز ترجمان    کأشِر زبان کأشِر زبان
کأشرِ یتھٕ وأحد نشان    کأشِر زبان کأشِر زبان
گیان لل دبدِ ہُنٛد سران    نُنٛدٕ ریٚشِس رٕژھران قرآن
بڈشہس أہی کران    حُبی یُن حُب بأگران

کأشِر زبان کأشِر زبان

زوٗنہِ ہُنٛد مالیُن تھبکان    لول محموٗدس سزان
أرِنہٕ ہُنٛد یینٛدٕر نژان    کِرشنہٕ ہٕنز لیلا پران
کوٚنگ رُسُل میرنی اساں    ساز مہجوٗرٕنی وزان
پرانہِ زگتکٕ داستان    سانہِ پکھٕج پاسبان

کأشِر زبان کأشِر زبان

(اکہٕ زیٚچھِ نظمہِ منٛزٕ)



موہن لال آشؔ

(ویچھ بیور: ۲۰۱۲ء- ۱۹۳۴ء)

# ماجہِ زیؠوٕ ونہٕ وٕن

دوٕزیؠوٕ ساےٚ چھکھ نیرٕ پوشہِ تھٲری یئے       پٲری یئے مالِنؠ چھے شوٗبان

شیشرم ناچِ بالہٕ سوٗنٛدری یئے       پوشہِ گوٗنٛدری یئے ونہٕ وان دژاے

شوٗقن میاےٚ گنٛڈی نئے دٲری یئے       پٲری یئے مالِنؠ چھے شوٗبان

پرمانٛند نےٚ امرت چوٚو یئے       تھٲوی یئے ابِستھ تٔمۍ اسرار

شوٗبہٕ دار لاگی نے اطلاسہٕ ٹٲری یئے       پٲری یئے مالِنؠ چھے شوٗبان

محموٗد گٲمی ڈبکہٕ بوٚڈ نوٚن یئے       نُنٛدٕ ریٚش ووٚن یئے کٲشُر قرآن

للہٕ دید لوٕلکی ڈبکہٕ ٹِکہٕ جُری یئے       پٲری یئے مالِنؠ چھے شوٗبان

مہجوٗرن ژیئے سونہٕ دوٗر گٲری یئے       میرن جُری یئے ہنگہٕ طوٗمار

زانہٕ شاہ صابن مس پیالہٕ بٔری یئے       پٲری یئے مالِنؠ چھے شوٗبان



ایوب صابر
(بگوم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# زبان چھم کأشِر

چھُس بہٕ کأشُر زبان چھم کأشِر
میانہٕ بابا، پچھان چھم کأشِر
مول کأشُر، مےٚ موج چھم کأشِر
بوز اصلی مےٚ کان چھم کأشِر
زیٚوٹھ پھبر نابہٕ نألی چھُس تراوان
ٹوٗپہٕ ہن چھم شُبانِ چھم کأشِر
چال، خدوخال، شان چھم کأشِر
پوٗرٕ فطرت ژٕ مان چھم کأشِر
ہاکھ، بتہٕ چھُم غذا، بہٕ چھُس صآبر
نوٗنہٕ چایا ویان چھم کأشِر



رشید کانسپۆری

(کأنسپوو، رمُل: ۱۹۵۵ء)

# کأشِر زبان

یاد تھَو ورتاوِ یُس کأشِر زبان

سُہ چھُ کأشُر باوِ یُس کأشِر زبان

تس چھُ یکدم دِل پھولان میلان سکوُن

منز غمن گنگراوِ یُس کأشِر زبان

سُہ چھُ گاٹس منز تہٕ سُہ گوٚو بے زبان

کأشُراہ مُشراوِ یُس کأشِر زبان

رأضی چھُس لل دید تہٕ رأضی عملدار

آے ہُرِ تس چھاوِ یُس کأشِر زبان



یہِ نب زمین زُرِیاتھ
سۆدُر تہٕ کوہ جنگول
أنیکھ پۆشہِ تہٕ پرِنٛد
تھِوٕتھ چھِ ڈٔنجہِ ماحول

(سیدرسول پونپُر)

# ماحول

(أنٛدرِ پکٕھِس ،موسمن، گُلبن کٹھن ، پوشن ،میۆن ،پشن تہٕ پکھشن متعلق نظمہٕ)

(۱)

# اوند پۄک

محمد امین کامل
(کاپرن، کولگوم: ۱۹۲۳ء)

## زۄن

ڈالہِ ماوان کالہِ پٔتۍ کمہِ ترایہِ زۄن
بالہِ پٔتۍ وُچھ لأل ہش ژٔۍ درایہِ زۄن
ناگہِ رادن منز کولن آرن اندر
آبہِ گراین ءستۍ ماران گرایہِ زۄن
پأنۍ پانس ءستۍ ژھیٚپہِ ژھأرِس رِگنداں
ژۄرِ روزان اوبرٕ لأنکن ژھایہِ زۄن
ژھالہِ ماران وأتۍ یتھ یتھ جایہِ أسۍ
ءستۍ اسہِ دورےیہِ تھ تھ شایہِ زۄن
سبزرن ، ووگنن ، بٹھن ، بالن کھین
سارِنے پیٹھ ہیۆ گرِتھ کیا سایہِ زۄن



سید رسول پوٗمپُر
(حسن پۄر، وٕنٛجہِ بیور: ۱۱ ۲۰ء ـ ۱۹۴۰ء)

# ماحول

ژٕ میون چھُکھ ماحول    بہٕ چون چھُس ماحول
اکے گرٕکٕ أسی باٰژ    برُن أرِکس اکھ لول
یہِ کاینات وسیع    چھُ سون موج تہٕ مول
کران لولہٕ متہٕ لاے    دِوان نہٕ کأنسی دول
خدا چھُ خاٰلق سون    بہٕ جورٕ پاٰلن وول
یِوان گرٕھان أسی لۄکھ    أتی سہٕ روزن وول
یہِ نب زمین ذُریاتھ    سوٚدُر تہٕ کوہ جنگول
أنیکھ پُشِ تہٕ پرٕند    تھٕوتھ چھِ ڈنجہِ ماحول
چھِ ساٰنی موسم سوٚنتھ    گریٖشم، ہرُد، وندول
وبشو تہٕ وبتھ وٕہوٕنی    چھُ ڈل وولُر یٔژکول
چھِ ساٰنی کاٗشر زبو    برو برو اتھ لول
ژٕ نیک ناٰمی پڑاو    ٹیٚٹھ چھُ روزن وول

رٕچھو رٕچھو ماحول
برٕو برٕو اتھ لول

شیر علی مشغول

(دیلئین، ورُمل: ۱۹۴۱ء)

## ہوا

ژِ دوہ راتھ آسان رواں چُھکھ دواں چُھکھ

کُنے مارُکاں چُھکھ زِنہٖ ماتھکان چُھکھ

ہَواوا چھےٚ سأئیٚ زندگی چانہٕ سِتین

ژِ دادبن دوا چُھکھ، ژِ نوّ و زُو دِوان چُھکھ

ژِ چُھکھ یوٗت اُوِیُل، ژِ چُھکھ یوٗت زاُوِیُل

کوہستان اوبرِ کیٚ پھیکِبن پیٹھ ٹُلان چُھکھ

خدا زانہٕ کتہٕ چون آگُر چھُ آسان

پیٖیی چُھم نہٕ کتہٕ چُھکھ یوان کوٗت گژھان چُھکھ

خراماں خراماں تہٕ شُری باشہٕ گری گری

تہٕ فِضہٕ ہس غُبارِچ غلاظت چھلان چُھکھ



شیخ راضی
(کنبلون، ویٚجہِ بیور:۱۹۴۳ء)

## بأرِش

آسمانن چھےٚ کیا کھسان بأرِش
سانہِ بستی نیٚبر بسان بأرِش
شبنمٕچ وبس چھےٚ سون مگر تا پچھ
اۄبرٕ بالس انٛدر پھولان بأرِش



## سرِ یہِ

أچھ مۄژ رووتھ دُچھ پریٚزلۄن سرِ یہِ کھۄت
عالمس کیا بأگرۄوُن نۄرٕ پھۄت
دۄے دُہکُ کارنٛدٕ، راتکُ شب بیدار
زانٛہہ تہٕ کرِ ہے زول تہٕ گرٛڑھِ ہے آرٕ کۄت
أسی رٹان چھِس، کینٛہہ چھِسا واپس دِوان
گاشہِ کنٛز گاٹُر تہٕ گرمی کنٛز چھُ تۄت
کأم مٹہِ چھس کأم مٹہِ چھس کأم چھس
دژاو با مقصد تہٕ وونٛی ما پھیرِ پۄت



شیخ راضی
(کنبلون، وئیچہِ بیور: ۱۹۴۳ء)

# بال

قرنو پیٹھ استاذ چھِ بال
بڈ بُڈی بب سیوٚد ساذ چھِ بال
جگھنس پیٹھ، وُچھ، اکھ تہِ نہٕ شیر
بیہنس پیٹھ آماد چھِ بال
کم چھِ گرشھان پکہٕ وُنی ڈریاو
جاذ چھِ جاذ چھِ جاذ چھِ بال
ونہٕ یا یم کمہِ ہوثرِ چھِ بال
ونہٕ کھا یم کمہِ راذ چھِ بال
بےٕ قد ژھوٚٹ چھُس ابس راضیؔ
سأری آدم زاذ چھِ بال



مظفر حُسین دِلبر

(کاندرپۆر، گُر، ویٚجہِ بیور: ۱۹۸۱ء)

# آسمان

کلس، پٔٹھ سایبان خدا صأبُن آسمان
دۏر دۏر گول گول وارٕ وُچھ أچھ کھول
ژٲن اوبرٕ ملر چھِس بدلان کلر کلر چھِس
کھونہِ منٛز چھِس تارکھ ترِتھنہٕ دوہلہِ ژھارکھ
شام سپدِتھ نیرن ژُنٛز زوتہٕ وٕنٛز، گٔنٛز گٔنٛز
أتھی تل گۆٹ تہٕ گاش فِکرِ ہے ترِ ہے مےٚ کاش
چھُم دِوان گُس ژیٖنہٕ ون چھُم دپان انسانہٕ سن
کلس پٔٹھ سایبان خدا صأبُن آسمان



مظفر حسین دلبر

(کاندرپۆر، گر، ونسجہ بیور: ۱۹۸۱ء)

# آب

ساز وایان پکان چھس — کولو پلو وسان چھس

دوہس راتس پکان چھس — زانہہ تہِ نباہ تھکان چھس

سبٹھاہ زور وار چھس — ژھینتہِ کران نار چھس

پان تھاوان پیش چھس — تریشہِ ہتھن تریش چھس

تھل چھِ رُوان میانہِ ستۍ — سوزے زُوان میانہِ ستۍ

عالمچ چھم وچھس دگ — زمینس چھس دِوان سگ

میانہِ ستۍ چھےٚ زندگی — سخ کھران چھم گندگی

یۆت تھاوکھ صاف مے — تیۆت واُتی فایدٕ ژے



(۲)

# موسم

نندلال امباردار
(ہری پور، ورمل: ۱۹۷۳ء۔ ۱۹۱۵ء)

## سوٗنتھ تہٕ شِشُر

سوٗنتن تہٕ شِشرن لأج ہر
اسمانہٕ سے گُن کر نظر
ہے توبہٕ توبے توبہٕ کر
سوٗنتن تہٕ شِشرن لأج ہر

گُنہِ تاپھ گُنہِ شہجار وُچھ
گُنہِ روٗدِ گُنہِ گٹہٕ کار وُچھ
گُنہِ واو پھڑان دارِ بر
سوٗنتن تہٕ شِشرن لأج ہر

گوٗل ڈوٗنٹھ روٗدٕچ تار ژھینٛژ
رنگین کمانا درایہِ نٔژ
کیٛا شوٗبہٕ دٕنی پرٛیہِ وُنی سُندر
سوٗنتن تہٕ شِشرن لأج ہر

☆☆

غلام احمد فاضل کشمیری

(ڈبتل مہاراج گنج، سری نگر: ۲۰۰۴ء-۱۹۱۶ء)

# ہُرد

ربتھاہ گۄو ہَرُد ژاو
یوان برونٛہِ سردی گُلبن پھیر زردی
اَڈِیو ترٛاو وردی
سوٗرِخ لاجوردی
زمین توتہِ رنٛگین دِوان چھُے ژےٚ تسکین
کوٗہن تالہِ پیٹھ شین سبٹھاہ رُت لگان چھے
ژےٚ تے اِمتحان چھُے



ربتھاہ گۄو ہَرُد ژاو
ژربو تام ٹنٛر کوٚر وٹھُک پوٗرِ سنٛز کوٚر
ریٖیو تے جمع کوٚر
بیٖیو تے جمع کوٚر
ژےٚ دامانہِ خالی ژےٚ چھے بانہِ خالی
ژٕ چھُکھ پانہِ خالی یکان زمستان چھے
ژےٚ تے امتحان چھُے

غلام احمد فاضل کشمیری
(ڈبتل مہاراج گنج، سری نگر: ۲۰۰۴ء-۱۹۱۶ء)

## ونٕد

ترٛنیو پوٗنؠ تےٚ ہٕنٛدریوو واو　　ونٕد بب آو ونٕد بب آو
وٕلہٕ سہٕ کن تھو، روزسہٕ اُتی　　اُتی ژین تےٚ ونٕد بب آو
ہرٕ دکر رنٛگ ژٕلؠ، کوٚستوٗری گٔلی گۓ　　بُلبُل، جل، ہأر، ژٕر تےٚ گانٛٹھ
ژٕ مٕٹھیمتؠ ہِوی ترٕے ہٕتی　　اُتی ژین تےٚ ونٕد بب آو
ہنٛگہٕ منٛگہٕ شٔشرٕکھ پرتو پیوٚمُت　　سُرٕ دگ وارٕبن سرداوان
ترکاربن پٔٹھ شینٛکٕر پھوٚتی　　اُتی ژین تےٚ ونٕد بب آو
کأنٛگر رحمت کأنٛگر زحمت　　ببب ہو وُشناوان
پاژھبن سوٗر، ہٕنٛے نارٕ تٔتی　　اُتی ژین تےٚ ونٕد بب آو



ارجن دیو مجبورؔ
(زانہٕ پور، شُپین: ۲۰۱۰ء-۱۹۲۴ء)

# سوٚنتھ

گُلہِ پتھ گُلہِ آو رنٛگ چھکراوان
تھِر پتھ تھِر مُشکاوان آو
لرِ پتھ لرِ ژاو بر مُژراوان
سوٚنتہٕ آو گُل پھوٚلراوان آو

باغن منٛز ژاو داغ ٹٲلراوان
نِندرِ ہتمن وُز ناوان آو
پانژالن ہُنٛد ڈیکہٕ وُشناوان
سوٚنتھ آو گُل پھوٚلراوان آو

یمبر زلہٕ نیٚ مس مُژراوان
لو ہٲتِ کوسم چھاوان آو
جاناوارن ساز ہیچھِ ناوان
سوٚنتھ آو گُل پھوٚلراوان آو



مشعل سلطانپوری

(سلطان پور کنڈی، ورمُل: ۱۹۳۶ء)

# بہار

ونڈِ پتہٕ نب گوٚو صاف موکلیوٚو شِشرک شاپھ
گُلۍ کُڑ گئے بے دار ییٚیہٕ آو ییٚیہٕ آو بہار
لنٛجہِ لنٛجہِ حبس ہیوٚ پھِیوٚر دڑمنن فرشا شیوٚر
ہوہَس مُستی پھیر دِلہٕ چمن تارن زیر
بولان جاناوار ییٚیہٕ آو ییٚیہٕ آو بہار
وڑرن پھوٚلی ہتہٕ پوش پوشن کھوٚتمُت بوش
گوشن مُشکٕنہٕ دار ییٚیہٕ آو ییٚیہٕ آو بہار
شُری چھِہ دواں دوران باغن منز پھیران
اکھ أکِس سٕندی أسی یار ییٚیہٕ آو ییٚیہٕ آو بہار

☆☆

سید شریف الدین پرواز
(رتن پور، پُلوم)

# ربتہٕ کول

پِش یارو کوٚڈہم راتس پٔنڈی ژر یارن آسے بےٚ یوت ڈٔنڈی
مٕہ یارو وۄنہم أچھ مُژراو کرِ واوِ جہِ واو ربتہٕ کول ہے آو
بچھِ آیم ہر سۆ کرنے گتھ پچھ ووتُم سونچان ہمہٕ کور وتھ
ربتہٕ کأںس تیزیو گرٛشم الاو کرِ واوِ جہِ واو ربتہٕ کول ہے آو
ہوٚہا چھِ کران ہُم معصوٗم شُری بُڈی بابہٕ تہِ ویٚسہِ ریوٚ، ویٚسہِ ریہٕ زُری
دُنبکھ چھِ دِوان آبس منز کاو کر واوِ جہِ واو ربتہٕ کول ہے آو
ربتہٕ کول ہبا گرمکُ موسم ترٛیشن ہُنٛد سرأژن ہُنٛد موسم
گرمی ہُنٛد موسم تاوِے تاو کر واوجہِ واو ربتہٕ کول ہے آو



(۳)

# گُلہٕ کٹہٕ

شیخ راضی

(کنلون وینجہِ بیور: ۱۹۴۳ء)

## وِر

من رۆچھُم تن تھٲوِم لگن حاضر — یِہ وُنے سونتہٕ پن کوٚرُم ظاہر
ساسہٕ وادے رٕ چھم مے ژھاوِلی پوٚتی — گبہٕ تہٕ کٹھ کیاہٕ پچھم ، بچاوِم چھِر
ٹنگ مے نا نیرِ نوبہٕ ہا چھس وِر — پٹنہِ شہجارِ رٕنزِ محض کاشر

## ژیرِ گُج

شُری چھِ شُری وُنی زبکھ تہٕ کیا اُخر شُر بو مُرٕ ژیرِ گُج
شُری چھِ شُری وُنی زبکھ تہٕ کیا اُخر شُر بن گرٕ ژیرِ گُج
کھتی پنز بن ہنزی پاٹھی وُلی وُلی گیہِ لنجن سأری الوند
پیِہ پتھر یکبار سأری ییلہِ پتھر وُژھ ژیرِ گُج
بور سوبتر اُدِتھ سوہنیکہِ ہے آسہِ ہے ہے ڈوٗنی گُل
ڈوٗنی گُل موٚٹ موٚٹ تہٕ تتھ نٕبتھ یہِ اُژھ اُژھ ژیرِ گُج

☆☆

ظریف احمد ظریف
(باچھی درواز سری نگر: ۱۹۴۳ء)

# بۆنۍ

قرنہٕ وادو پیٹھ شِہُل شہجار ہیتھ اسہٕ آیہٕ بۆنۍ
گرشمہٕ ژٕنجن منز مسافرن چھِ تھاوان سایہٕ بۆنۍ
شک چھُ کیا اتھ منز یہِ چھم موج پرٛتھ گلی زاے ژہنز
ساسہٕ بدنے جانہٕ وارن کوچھِ للہٕ وان مایہٕ بۆنۍ
میانہٕ وٕطنچ شۆب ، حُسنچ راٛچھ دَر رژ بختہٕ بُڈ
ددونن یاوُن تیٛری یوٚد تھاوِ ہن ہمسایہٕ بۆنۍ
شِہُل شہجارا دِیٛتن از تام ، أسی چھس زکھ دِوان
غرضہٕ أنی دُشمن اسٕندی پرٛتھ جایہٕ کتران آیہٕ بۆنۍ
پٔٹ أچھن دِتھ کھٔٹ اِمچ عظمت تہٕ آسُن کأشر بو
ژٔٹ وتن پیٹھ ٹھیکہٕ دارو لاج ترمہٕ وِ ے کرٛ ایہٕ بۆنۍ
پۆز ونے پزی یور آسکھ وُچھ ظریفن حسبِ حال
وُٹھ پھٔیشن ڈِیشتھ یہِ وٕتھ أس ، اوٗش ہران ددرلیہٕ بۆنۍ

☆☆

منشوٗر بانہالی
(بنکوٹ، بانہال:۱۹۴۸ء)

# اَن پوشہِ وَن پوشہِ

جِگرا کتھ بوز وارِ تَھو کن — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
ون نَے آسن وۄتھِ کہٕ کاس — باغن فصلن گژھِ ڈُبہٕ ڈاس
ژُ دون بنہِ گُلشن گلشن — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
گُلہ تھاوان ماحولس صاف — گُلہ ژلان تہٕ گریشمکُ تاپھ
ماحولس محفوٗظ تھاوَن — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
گُلہ چھِ کران ٹھۄر سہلابن — گُلہ چھِ رُکاوان شینہٕ مانبن
گُلہ روزان بُتھِ تاپہٕ ترٹن — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
بُتراٗژ پیٹھ گوڈ ووپدے ون — اِد وِژ بسٕتی انسانن
پتہٕ لۄگ ءکن شہرن گامن — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
گُلہ لاگُن بۄڈ کارِ ثواب — اتھ نیکی چھنہٕ کانٛہہ تہِ جواب
تلقین کۄر سأنٛ حضٔ نبیؐ ین — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
ییٚہِ فرموو نورالدین ؤلی یَن" — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون
اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون — اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ پوشہِ ون

☆☆

مظفر حسین دِلبر
(گُر، ویہّجِہ بیٔور:۱۹۸۱ء)

# گُلی

تاپہ ہکراین منز دِوان شیٚہجار گُلی
آدمس پرٕبتھ وِزِ یِوان درکار گُلی
تھو، تھوٗنُ شوٗبی، پٔژن ماحول صاف
رُو اتھو پنہٕ نبو پٔژنٕ غم خوار گُلی
گُلی دِوان چھِی ہوا،شوٗد، صاف، پاک
یار گُلی، دلدار گُلی، غم خوار گُلی
لکڑ دِوان، زِیٚن دِوان، دَن پن دِوان
وقتِ سختی، بس چھِ مُہکی یار گُلی
چار واین رِکیُت غذا میسر تھوان
سرسبز شاداب گٔنی پنہٕ دار گُلی

☆☆

(۴)

# میوٚ

نشاط انصاری

(دٕلیٖن، ورمُل: ۲۰۰۰ء-۱۹۳۰ء)

## ژوٗنٹھ

راجن اندر مہاراج چھُس  میٖون اندر سرتاج چھُس
شکل چھےٚ میاٲنۍ شوٗبہٕ وُنۍ  صوٗرت تہٕ سیٖرت لوٗبہٕ وُنۍ
رنگ میٖون واراہ دِل پسند  رسدار چھُس نابد تہٕ قند
مرضن تہٕ دادبن ہُنٛد دوا  نوژُکھ مزازِن ہُنٛد غذا
بےٚ کاٮ۪شرِ بن ہُنٛد شان چھُس  بےٚ جان کوتاہ جان چھُس
گُلہِ پیٛٹھ مےٚ والان شوقہٕ سان  ہر کانٛہہ کھوٗان چھُم ذوقہٕ سان
شُرۍ چھِم کران زیادٕے پسند  وٲلِتھ دِوان چھِم وارِ دنٛد

☆☆

نشاط انصاری
(ڈیلئین، ورمُل: ۲۰۰۰ء-۱۹۳۰ء)

# ناخ ٹنگ

واہ واہ ونان چھِم ناخ ٹنگ
چھا کانٛہہ اکھا یُتھ بیٛا کھ ٹنگ

یوٚ دوَے ژٕہِو تُہٕ میٛون رس
سپد بو گمان سورگک چھُ مس

مےٚ ہساٗ ژوکبر حاشانہ چھُم
ژاشر، ژوکبر حاشانَہ چھُم

شکلا تہٕ شوٗبا چھَم زبر
لذتھاہ تہٕ لطفاہ خوٗب تر

گُلہِ پٮ۪ٹھٕ پٮ۪ٹھ ییٚلہِ رس کھسان
ژھٹہِ جوٗنٹہٕ اکہِ چھُس وٗسی پیوان

تمہِ وزِ سبٹھاہ چھُم نٹھ اژان
شُری فوج ییٚلہِ کنہِ ہٮ۪تھ متان



غلام نبی ناظؔر
(یارِپۄر، کولگوم: ۱۹۳۱ء)

# دأن

دال، الف، نۄن¹ دأن میۆ اکھ — پرٛدن تل دُردانہٕ بِلا شکھ
سبزا سپز چھےٚ دأن کُج آسان — پوش چھِس آسان نار ووزلی سَخ
دأن دوا چھے ءِکتبن دادبن — زِندٕ گرٛژھِ بیمار زِثرٕ یۆد چاوکھ
کھۄن گرٛژھِ لول بُرن گرٛژھِ دأنس — جنتکۍ میۆٕ چھُ پننہٕ زانٛہہ مُشرکھ
دأن شہیلاوان دزٕ وُنی وأنج — رتھ ہُرٕ راوان امیکۍ چھُ عأرق
دأن ڈلان چھُنہٕ یژ کال اکثر — اتھ چھُنہٕ وُلی وُلی واتان کانٛہہ زکھ
کوٕہلۍ دأنس بُتھ تہٕ حسینہٕ — پُھلی چھِس نارٕ تیٖنژگل، یا کھبکھ
کأشُر دأن چھُنہٕ تیُتھ رُت آسان — دانہٕ سورُخ چھس مِیٹھی بِلا شکھ



¹: دا+أ+ن=دأن

مظفر حسین دِلبر
(کاندرپۆرگرۄژجہِ بیور:۱۹۸۱ء)

# کیل

مُدٕر میٹھ کیل چھَس    کیل چھَس بہٕ کیل چھس
زٕہٹھ تہٕ بۆتہِ لِدٕر چھَس    میٹھ تہٕ بیٚیہٕ مُدٕر چھس
نٕرم چھَس گیٚوٕے گبو    کھبوان یُس بنان دبو
ییٚلہِ بہٕ گرٛھس اویزانٛ    ادے شُبان وأنِس وان
گرٛھان کۆت بنٕہ مالہِ چھَس    لفافس منٛز ڈالہِ چھس
ڈاکٹرو مأنٛز ہَس    ٹھیک سبٹھاہ زأنٛز ہَس
بمارن بہٕ دوا چھس    فأیدٕ منٛد اکھ میۆا چھس
لُکن یِوان آبہٕ گأر    ہبوان توَے چھِم مےٚ مأر



(۵)

# پوش

موتی لال ساقی

(مہنٛو ربڈ گوم: ۱۹۹۹ء - ۱۹۳۶ء)

## بڑٛیڈی مشکُ

توسکٕ پٕر تہ چھُم وردن
میون پھوٗلُن گوٚو مُشکہٕ امبر
مانٛچھ تلرٕ چھم ہُرِ وننہٕ وان
اُوِج زاُوِج میأنی تن
وُننہٕ آسان پھٹہٕ نَے بامن
بیٚنہٕ چھُم پھٹنہٕ سپر آمٕژ سائلی
سنگر مالن چھُ میونے رنٛگ
رنٛگہٕ بُلبُل چھُم وایان ساز

پھاگنہٕ تھٕز تھاأوم گردن
سوٗنتھ یِنَس مُژرووٗم بر
ٔگس ٔگس گری گری چھم منہٕ وان
میون پھوٗلُن شیہلتھ بدنن
ڈیرِ دِوان چھس اند گامن
شینہٕ پلو چھس لاٗرِ گتھ نائلی
سوٗنتس شٔشرِس سپدان جنگ
اِدِ وٚوتھِ کٔتھن ہٕنٛز آواز

☆☆

## موتی لال ساقی

(مہنٛور، بڈگوم:۱۹۹۹ء-۱۹۳۶ء)

### ٹیکہٕ بٹنٕز

نوبہارس ونہٕ وان دژایَس  ٹیکہٕ بٹنیا سُلی سوٗنتہٕ زالیس

ژۄل شِشُر پیٚو وأخرسہٕ پالیس  ٹیکہٕ بٹنیا سُلی سوٗنتہٕ زالیس

دۄرِ آلو دِتم نیأوک پوشن  نۄنہٕ پوشن تہِ گُیہِ چشمہٕ روشن

شولہِ تھنہِ ول زِووٕنی وأری آلیس  ٹیکہٕ بٹنیا سُلی سوٗنتہ زالیس

کُلِہٕ ونہٕ وان پھٕٹۍ ونہِ بلہٕ پتٕر ییٚے  دۄرِ تھزرن پھِ وُنہِ جامہٕ چھٕتٕریٚے

وق چھُ ءتِس یِنس نادلالیس  ٹیکہٕ بٹنیا سُلی سوٗنتہٕ زالیس



سومناتھ ویر

(لُکہٕ بوٚن، اننت ناگ: ۱۹۴۲ء)

# کونگہٕ پوش

تیٚمی نہٕ بہٕ زوٗنُس تُمی کیٛاہ زوٚن　　پانٛپر وُڑٕر چھُ مالِیُٚن میٛون
رنٛگ چھُم رنٛگو نِش بدلےٕ　　نہَ لیٛو درُ، نیٖول، نہَ چھُ ووزلےُ
سونہٕ رنٛگہٕ سوٚن ہیٚو کونٛگ نُنٛدٕ بوٚن　　پانٛپر وُڑٕر چھُ مالِیُٚن میٛون
نیٖلیٚن بٕرگن منٛز آسان　　تہِجاہ تہِجاہ میوٚنُے پان
ہر گُنہِ بازٕرٕ چھُس مولہٕ ووٚن　　پانٛپر وُڑٕر چھُ مالِیُٚن میٛون
اٚشِد کارِمک یٚیلہِ پھیران　　اِدٕ پھوٚلی پھوٚلی چھُس نوٚن نیران
زوٗنہٕ گاشش منٛز چھُس شُبہٕ ووٚن　　پانٛپر وُڑٕر چھُ مالِیُٚن میٛون
ہاربن طوطن بہٕ کران سال　　کونٛگہٕ وُڑٕر چھکھ ماتامال
رنٛگہٕ ژٕرلاگان چھم ویٚسہٕ توَن　　پانٛپر وُڑٕر چھُ مالِیُٚن میٛون



سومناتھ ویر

(لُکہٕ بوٗن۔ انت ناگ: ۱۹۴۲ء)

# وٕرِکیٖمی پوش

وٕنۍ ژۄل تہٕ سردی دژاے ۔۔۔ رٔٹمے مے تھزرس جاے

بیٚیہٕ آس پھوٚلِتھ یِژ کاٗلی ۔۔۔ وردی مے لیٖڈر ناٗلی

پھاگُن ژٕتھر پھیران ۔۔۔ چھُس یارٕ نوٚن نیران

بس چھِم مے برٕگ ژور ۔۔۔ چھُس نوزکی سخ لور

ژٕلی شیٖنہٕ پی پی دراے ۔۔۔ رٔٹمے مے تھزرس جاے

چھم وأنس سبٹھان کم ۔۔۔ چھُنہٕ کینٛہہ مے اِمیکۍ غم

چُھس توتہٕ بے پرواے ۔۔۔ رٔٹمے مے تھزرس جاے

سوٗنتس برسأ ماے ۔۔۔ رٔٹمے مے تھزرس جاے



(٦)

# پُش تہٕ پکھُش

محمد امین کامِل
(کاپرن کولگوم: ۱۹۲۴ء)

## خر

ہینگو مینگو رۄس اوگُل دوگُل نۄس
نہ چھُ گرٕ شان دۄر نہ چھُس زوان زۄر
ٹانگ دِوان زہتھ کٔنٛن کھران کرٕہتھ
اِ نہٕ یِوان ٹھُٹھ ساس دِتس اُٹھ
لرِ تیٚمس نیرِ تس چھُ خدا شیرِ
نہ چھُس وُچھان پاس نہ چھُس کران ژاس
دکسَ نےٚ آس وار تو تہٕ انبس چار
کالہٕ اگر زاو صُبح لدتس خار
نہ چھُس گرٕ شان ژس نہ چھے ونان بس
نہ چھُس لگان دب نہ چھُس گرٕ شان رب

☆☆

محمد امین کأمل

(کاپرن، کولگوم: ۱۹۲۳ء)

# گاو

## خولہٕ خط

تھاو ژتبس ژٕ گاوِ چھِ کن زٕ
بیٚیہٕ چھس اکھ لۆٹ کھورٕ شورٕ تہٕ مۆٹ
لچہٕ چھےٚ کڈان ٹاس مچھِ چھےٚ کھیٚوان تژاس
زنگہٕ چھس گُل ژور ہبنگن منٛز چھِس زور
لتھ تہِ دِوان آیہٕ ٹھۆل تہِ دِوان تژایہٕ

## فأیِدٕ

اکھ چھےٚ دِوان دود آب ترأوِتھ یتھ
گۆری وٹان دیار دودس بنان تھٕنٛۄ
تتھ چھِ مِلوان اوٹ یڈ چھےٚ گرشان ڈیٚج
بیٚیہٕ چھےٚ کران گُہٕ ٹھِپ، ٹھِپ تہٕ ٹھُہ
بیٚیہٕ چھےٚ دِوان کۆژھ لیس چھِ ونان وۆژھ
تُس چھِ لاگان وانہِ لگہِ یُس، سُے زانہِ

☆☆

غلام نبی ناظرؔ

(یارِپوٗر، کولگوم: ۱۹۳۱ء)

# شال

شینؔ[1] الف، لام ، شال نوٗن نیران خال خال
زنگہٕ ژورکلہٕ چھُس زیوٗٹھ کاژٕری چھُس جُنٛز وال
لوٗت پکہٕ کتہٕ چھُس وار داہ گز ماران ژھال
کن چھُس کھڑائٹ زٕ ہٹھ اَچھ چھُس ناٹیان لال
کو کرس چھُ کران ہوٗپ تیرِس گالان نیال
ہوٗنِس کھوژان تیوٗت تُمی ستر چھُس سَخ زال
شالہٕ کاکھ مالہٕ ماکھ ہے بالہٕ پیٹھ وس پچھے سال
شُربن چھِ تھاوان ہیم اَکہِ آوٗ نے کھوکھہٕ شال



---

۱؎ ش+ا+ل = شال

ناجی مُنور
(کاپرن، کولگوم: ۱۹۳۳ء)

## لِلہٕ ووٗژھ

لِلہٕ ووٗژھ میوٗنُے کٔیاہ شُبہٕ ووٗنُے
ٹیٚچہٕ ہو ر پانَے کرہیٚنہٕ چھَس شانَے
کٔم ووٹہٕ لایان لٔٹ گِلہٕ ناوان
یام مےٚ ڈیشان چھُم پتہٕ لاران
چیٚپہٕ دودٕ داماہ کرِ آراماہ
بوٚڈ بوٚڈ گرٕژھِ ییٚلہٕ داندا ہ بنہٕ تیٚلہٕ
وایہٕ زمینا وٕو ہوس چیٚنا
لِلہٕ ووٗژھ میوٗنُے
کٔیاہ شُبہٕ ووٗنُے



شیخ راضی
(کنلون، ویٚنجہِ بوٗر: ۱۹۴۳ء)

# ژھاوِج

انسانس اتھہِ لُجِ ژھاوِج
بڑٕ بیقل زیوٗ گُجِ ژھاوِج

اُچھِ ٹٹہٕ وہرس منز نیہٕ کھیتھ
ہاکہٕ کرتیٚجُل پنہٕ پٔجِ ژھاوِج

کتھ پیٹھ چھی ہن ہیچھِ ناوان
دکہٕ دک، ٹلی ہینگہٕ ۂجِ ژھاوِج

گُز ژٔز گیہِ جنگل نیرِتھ
ژٔڈ توٚکتھ ووٚنی گٔجِ ژھاوِج

راضی غُرباتن ہیٚز گاو
پتہٕ پھیری کوٚت ژٔج ژھاوِج



# داند

اُچھِ زٕ وہراُ وِتھ ہیتھ وُچھ کیا چھُ داند
سادٕ صوٗرت جادٕ کم آگاہ چھُ داند

وانہِ کیاہ لوگُھ یہٕ وُچھتن کم زبان
وایہِ نے یٖیلہِ ترٛاوِکھاہ تیٚلہِ ماچھُ داند



نشاط انصاری
(دیٖلئین ، ورمُل : ۲۰۰۰ء-۱۹۳۰ء)

# گیٖتھ

خبر نوبہارٕچ کشیٖرے انان چھس
خوٗشی ہُند یہِ پیغام ہرجا نٕوان چھس
دوٗٹبن ، کاںٛئبن ، پہرِ نےٚ بیٚیہِ مندوربن
پٔنٕز اٚکی بیٖرِتھ بہٕ مأ لک بنان چھس
وتو پیٚٹھٕ ٹٕلِتھ گاسہٕ کریٚچہٕ ، تلمہٕ ، ربہٕ پیٚنٕتی
پٔنن اول دبہٕ دوٗر گرمان تےٚ ژران چھس
چھُ یادِ خدا راتھ دوہہ کار میونےٚ !
تُسند ناو پرِتھ پہر توٗ کنٕز سران چھس
وتو پیٚٹھٕ ٹٕلِتھ گاسہٕ بوٗنگلاہ بنأوِتھ
بہٕ ماکانٛہہِ بأیس ازا انٛہہ دِوان چھس
پسنٛد نوز کی چھم ، مزاج چھُم مےٚ نوزُک
دِوان گژھ بہٕ آبس ٹٕلِتھ پوٗس انان چھس

☆☆

نشاط انصاری

(ڈیلیٖن، ورمُل: ۲۰۰۰ء۔۱۹۳۰ء)

# پوشہِ نوٗل

بہٕ چھُس شکلہِ صوٗرٕژ سبٹھاہ بے نظیر

چھُ رنگ روٗپ میٚونُے سبٹھاہ دِل پذیر

گٔشیرِ ے پیوان یام ییتھ نو بہار

وُڈوَ دِتھ یِوان یوٚت بہٕ شانِ امیر

چھُ موسم بہارُک اگر پادشاہ

اَمِس پادشاہ سُنٛد بےٚ چھُس وزیر

مےٚ خوٚے پوشہِ نےٚ ستی چھُس پوشہِ نوٗل

مےٚ ژھاین تہٕ گرٛاین وُچھان کُل گٔشیر

مےٚ روٗح پوش، زُوپوش، یاڈن چھُ پوش

بہٕ چھُس پوشہِ موٚت، پوشہِ نےٚ ہُنٛد اسیر

طمع اوس میٚتہٕ پھیر ہا تھوٚر ہا

اما چھُس کھوژان چھُم انان شُری بیسر

ہُپأری چھُم مےٚ لاگان شکأری والہٕ وأش

تمو بد خٕہو زیادٕ اڈنہس بہٕ گیر

☆☆

غلام نبی ناظرؔ
(یارِپوٗر، کولگوم: ۱۹۳۱ء)

# ہأر

ہےٚ ،الف ،رَے پرہأر، دوان    خوش وُلن جاناوارا جان
دال چینی چھس جامن رنگ    پکھِ پیٹھ منٛزی تیٖرِ نیان
وُڑوُنی ییٚلہِ وسہِ پتھرِس پیٹھ    ٹیٖرو ٹرِو کران پکان
زنگہٕ زیٚتہِ چھس زن نوزُ کھتُلی    ستہِ صأنہٕ زن پان چھلان
پیٚل پھٕلی ژھانڈٕ نہِ آلو ہیٚتھ    دارِ پیٹھ چھم کُنہِ ساتہٕ بہان
ہأر چھےٚ لنٛجہِ پیٹھ پنجہِ تھاوان    ہأر چھےٚ اکثر دارِ بہان
سوٗرمہٕ پھٕہ لأگتھ تس چشمن    تیٖرِ چھےٚ أمی سنٛزٕ پرٛ وتراوان



ایوب صابرؔ
(بُگوم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# کوکُر چھُ ونان

پھولان ییلہِ مالہِ دِلہٕ منٛز چھُم ژلان شر
پران چھُس شوقہٕ سان اللّٰہُ اکبر
دِیو لتھ غفلتس بیدار سپدِ و
دپان لۆکن بہٕ چھُس ہُشیار سپدِ و
بہٕ چھُس ہر وقتہٕ پُشران پان زالتس
مُرِس منٛز چھِم تھوان بند رأتی رالتس
چھِ لُکھ عاشا کران میانِس رتس پیٹھ
پرٕھس بردٕھہٕ گن یوان چھُس بےٚ بتس پیٹھ
گرٕھان افسر چھِ رأضی میانہٕ ستی
تران کتبن چھِ بأزی میانہٕ ستی
بہٕ نوکتاہ ڈاکٹر صأبو تہٕ زونٕے
دوا دادبن چھُ آسان شوربہٕ میونٕے
ونٕے کیاہ خاأر میون واتان چھُ گُس گُس

کلکٹ خاُراتھ بےٟ چھُس نیرٕی واںٹدس

نِوان چھِمَ عشق مقام تتہِ لول کاسان

مےٚ چھِم کھبنہٕ وأنی عاشق ژرارٕ پراران

کران پرٕتھ کأنسہِ بےٟ چھُس پرٕ دعأبن

ویان چھُس پوٗرٕ میٛادٕں پیٛر صأبن

بمارن یام چھُس کلہٕ پٮ۪ٹھی بہٕ پھیران

اَدٕے چھُکھ پزٕون تصُرف دار نیران



ایوب صابر

(بگُوم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# گانٹھ

سبٹھاہ ڈٲرِ جِسمہٕ بۄزِو أنٹ یارو — کٔشیرِ ے منزٕ ونان چھِم گانٹھ یارو

جہازو ہیۆ چھ وُپھُن بس میانہٕ ستی — جہازو برونٛہہ مےٚ دِژ ٕمتۍ گتھ چھ کتی

بہان ہیۆر بونہِ تھزرس ژٕر رِزاگان — ژکارس چھس بہ میلس دۄ رِشانکان

تریم ییلہِ موقہٕ اِدٕ ما چھس بہ پراران — کوکر پۄتس بہ یکدم جونٹہٕ ماران

لوٕکٕٹ بۄزِ ومےٚ نِش ساری چھِ بأرِتھ — نِوان چھس ٹۄپۍ کلہٕ پیٹھٕ جونٹہٕ مأرِتھ

کتھاونہٕ ہوو پٕنٕنۍ کتھ دیانہٕ رۄزو — مےٚ نِش ناچھُونہٕ جانبر زرتہٕ بۄزو

مےٚ طاقت چھُم پکھن منز بیہٕ پنجن منز — دران چھِنہٕ زورور میانین ژنجن منز



ایوب صابر
(بگوم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# کُکِل چھےٚ ونان

مےٚ چھُم رنگ سۄری پأرِتھ پۄرتھأونس
خدا صأبن بہ جنتچ حۄر تھأونس
بران چھس لول نیرِ بن سبزِ زاران
دِوان چھس وُنی نشاطن شالہِ مارن
ہونر چھم اول چھس شیران پانےٚ
بہ پانےٚ چھس ڈہِل چھس چھان پانےٚ
پران شُکرانہِ چھس پرورِدگارس
کران یا دوستو یا دوستو چھس
گُگۄ گۄ، گُگۄ ، گو ، گۄ، گُگۄ ،گۄ
کران چھس بۄلی ہرساعتن تہٕ ہرسۄ
ونِدٕ چ سردی بہٕ ماژ اٚلِتھ ہبکان چھس
تورے پنجاب کُن نیرِتھ گرِژھان چھس
پنا زانِہہ کأنسہِ ہُنٛد تھأوِو عداوتھ
ہیچھوِ مےٚ نِش ہیچھوِ نرمی شرافتھ

☆☆

رشید کانسپوری

(کانسپور، ورمُل: ۱۹۵۵ء)

## پنۂ پوشِرُ

أوِیُل زآوِیُل پنۂ پوشِرُ
ہر وِزِ کانچھان تاپِچھے تاپھ
پوشن پوشن ہنز چھس ماے
صُبحٲے صُبحٲے گرِ نیران
خوشیونُ خوشیونُ کوتاہ جان
حد رۆس مێتہٕ چھم اُمہِ سنٛز ماے
رٹہٕ ہن ڈیستی سونچان چھُس

زآوِیُل أوِیُل پنۂ پوشِرُ
تن کنیٖو من چھُس صافی صاف
پانس یوٚ دوٚے چھس تھتھراے
چمنس چمنس منز پھیران
چھِٹہٕ ہنز وردی چھس آسان
جگرس منز ہہ تہٕ کرِ ہس جاے
مرِ ما کرِ ما کھوژان چھُس



• ژۄژ تۄ محبتک بیول، بٔرۍ تۄس ماے تے لول
لولن اندر پچھہٕ بۆڈ لول حُبِ وطن مبارک
(عبدالاحد آزادؔ)

# حُبِ وطن

(وطنس، امہِ کِس ماأرۍ منزٕرس تہٕ تہوارن متعلق شُرٕ بن ہنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمٕژ نظمہٕ)

پیرزادہ غلام احمد مہجورؔ

(مِتٕری گوم، پُلوٕوم: ۱۹۵۲ء-۱۸۸۸ء)

# گُلشن وطن چھُ سونٕے

بُلبُل ونان چھُ پوشن
گُلشن وطن چھُ سونٕے
سونٕے وطن چھُ گُلشن
گُلشن وطن چھُ سونٕے

أندٕر أندٕر سفید سنگر
دیوار سنگِ مرمر
منٛز باگ سبز گوہر
گُلشن وطن چھُ سونٕے

منٛز باگ کوہسارن
رٕٹ جاے نوبہارن
پھٕلِو لالہٕ شالہٕ مارن
گُلشن وطن چھُ سونٕے

ناگن کولن تہٕ آرن
جوین تہٕ آبشارن
دُپِت سوز نوبہارن
گُلشن وطن چھُ سونٕے

وِرٛیمی تہٕ ٹیکہٕ بٹہٕ نے
سُلہِ آیہِ جاے رٹہٕ نٕے
لٔگی ٹۄرِی جامہٕ ژٹہٕ نے
گُلشن وطن چھُ سونٕے

اَنٛبرٕ پھُلے چھِ پوشن
باغن ونن تہٕ گوشن
بُلبُل وُچھتھ چھِ توشن
گُلشن وطن چھُ سونٕے

مہجورٕ دیس سونٕے
باغاہ چھُ نُنٛدٕ بونٕے
اتھ لول گرٛدھِ برونٕے
گُلشن وطن چھُ سونٕے

☆☆

عبداللہ احد آزاد

(رانگر، بڈگوم: ۱۹۴۸ء- ۱۹۰۳ء)

# میٛونُے وطن مُبارک

توشان کیٛا چھُ پوشن میونُے وطن مُبارک
گُری توس روشہِ روشے پوشے وطن مُبارک

نُنڈِ بون کیٛاہ وطن میون وُچھ وُچھ پھولان بدن میٛون
قربان یہِ زُو تہٕ من میٛون امہِ چن وتن مُبارک

چھِس بأگراں محبت بُلبُل قُمری کران گتھ
چھِس پیٛالہِ ہتھ اتھن کیتھ پوشے چمن مُبارک

کتھ سرحدس چھِ تتھی گوش کتھ وارِ منز چھِ تتھی پوش
پھٔلی پھٔلی یِوان دِوان جوش بُری بُری چمن مُبارک

وولہِ بیہہ شِہلی گُلبن تل زن أپنس ژلی مل
ڈیشتھ یہِ فرش مخمل دِل کیٛا پھولن مُبارک

پژ ہتھ جایہِ جویہِ لاران آرِ کتبن چھِ ژھاران
پژ ہتھ جایہِ ناگ پژاران تریشے ہتبن مبارک

ؤوی تو محبتُک بیول، بُری توس مامے تےَ لول
لولن اندر چھُ بوڈ لول حُبِ وطن مُبارک

آزاد لولہِ وولاہ وطنس بران لولاہ
یم لولہِ گُل ہران کیٛا تہنزن کتھن مُبارک

☆☆

دینا ناتھ نادمؔ

(حبہٕ کدٕل، سری نگر: ۱۹۸۸ء-۱۹۱۶ء)

# یِتھ ریٚش وارِ

| | |
|---|---|
| أنٛدی أنٛدی بال ووٕ گٔی تھزِ کارِ | یِتھ ریٚش وارِ وتھتا رأچھ |
| بنہٕ رٔڈ رٔڈ پتھ ون یارِ | یِتھ ریٚش وارِ وتھِتا رأچھ |
| سونہٕ ہنٛدی سنگر روپہٕ کوہ مالہٕ | مرگہٕ تہٕ بال چھِ پوشی پوش |
| کولہٕ رادن امرِتھ نٔڑ نارِ | یِتھ ریٚش وارِ وتھتا رأچھ |
| سورگہٕ ہوا پاران انوارِ | تھِو نامیٚتہٕ کانٛہہ سازس گوش |
| رنگہٕ ژِرِ وِگنہٕ تہٕ ونہٕ چےٚ ہارِ | یِتھ ریٚش وارِ وتھتا رأچھ |
| وتھِ بٔٹھی بٔٹھی دراہٕژ اپھِ دارِ | لاران تھِو نا دے اسہٕ گوش |
| خانقا پربت درشن دارِ | یِتھ ریٚش وارِ وتھتا رأچھ |



شمبوناتھ بٹ حلیم
(ا رہ، کولگوم: ۱۹۲۴ء)

# پوشہِ وَن

وۄنتھ ییتیکُ پوشہِ موٚت ۔ میوٚٹھ مُرشِیل مایہِ ہوٚت

چاو بران کوسمن ۔ میون وطن پوشہِ ون

ناپہِ رُس تاپھ پھولان ۔ نارِ تتھِن دگ بلان

کاژھ ژلان داغ گلن ۔ میون وطن پوشہِ ون

نب دِوان بُتراَژ ڈاٲلی ۔ روٗدِ جرٛبن موکھتہِ ناٲلی

ڈیرِ گرٛھان مخملن ۔ میون وطن پوشہِ ون

اوبُر یِوان باٲلی باٲلی ۔ پھنبہِ ڈنِگی رِٹتھ چاٲلی

ستیٚ انان وُزملن ۔ میون وطن پوشہِ ون

ہرُد کران سونہِ ساوٕی ۔ لوٗبہِ ونُی رنگ ہاوٕی ہاوٕی

طِلہِ چھاوان حاشِبن ۔ میون وطن پوشہِ ون

☆☆

پریم ناتھ شاد
(قاضی باغ، بڈگوم: ۱۹۳۴ء)

# کٔشیر

سرو شہُل، ون صنوبر چھم کٔشیر
سنگِ مرمر شینہٕ سنگر چھم کٔشیر
قُدرتن چھُس بخشمُت حُسنک بہار
مأری مُنٛز نُنٛدٕ بأنی سوندر چھم کٔشیر
کھل تہٕ کھاہ شوٗلان بولان دبدبِ جل
ہاوسن تر، سورگہٕ بازر چھم کٔشیر
دوسدران بالہٕ یارن ہُنٛد وطن
لولہٕ ساگر، تریشہِ آگر چھم کٔشیر
شیٚنہٕ شُرکی للہٕ واکھ روٗحن گاشران
پوٗحتہٕ کارن موکھتہٕ گوہر چھم کٔشیر
اتھ یوہے انہار اتھٕ وتھ پوٗشی تن
شوٗب شانٛور جمکہٕ زیور چھم کٔشیر

☆☆

بشیرؔ بھدرواہی
(بھدرواہ: ۱۹۳۵)

# میٲنۍ وطن

لاوِ اڈبرِ چھِہ واٲنکہٕ وٕلی وٕلی  کوہسارن گُن وُچھِو
باغِ فردوسَس اندر تُہی  نوبہارن گُن وُچھِو

شینہٕ پوٚژا تھاٲو بالو  تالہِ پیٹھ کیا شوٗبہٕ وٕنۍ
رونہٕ جرِتھ چھکھ دامنس  تُہی آبشارن گُن وُچھِو

جہلمِس سِندھس وُچھِو  بیٚیتہِ کس چنابس گُن وُچھِو
از یِیِو میانِہ نشاطن  شالہٕ مارن گُن وُچھِو

اٲلچن، ژوٚنٹھِن تہٕ ژیرَن  داٲن پوشن ہنٛز پھُلےَ
چھوٕدپان اسہِ گُن وُچھِو  بیٚیہٕ سنٛڈِ جہِ ڈارن گُن وُ چھِو

لولہٕ مس وطنُک بشیرؔو  بأگراوو سارِنےٚ
سازٕ والِبو سوزِ دل چھِن  لولہٕ تارن گُن وُچھِو

☆☆

مکھن لال کنوؔل
(سوپور: ۱۹۳۶ء)

# پنُن وطن

پنُن وطن پنُن وطن
دوہے حسین دوہے جواں

پنُن وطن پنٕنۍ نظر یہِ لالہٕ ہیوٗ گلاہ زبر
دِوان چھُ بوسہٕ اتھ سحر یہِ لولہٕ ہوٚت پنُن جِگر
یوہے جِگر پنُن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

پنُن وطن شِہلی گُلاہ نرم گولابہٕ کٕے دِلاہ
امارٕ ہوٚت یہ سُنبُلاہ پنُن یژھُن تہٕ حاٰصِلا
یوہے یژھن پنُن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

پنُن وطن نوان پھولان تہٕ ماے ہیتھ لسان بسان
چھُ لول ماے یِتی عیاں توے کنوٗل چھُ نغمہٕ خوان
پنُن وطن پنُن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

☆☆☆

جواہرلال سرؤر
(موہنؤر، بڈگوم:۱۹۳۹ء)

# کٲشِر سأنۍ

نۆن پھولن کٲشِر سأنۍ
مأری مۄنز تہٕ ننٛدٕ بأنۍ
کٲشِر سأنۍ کٲشِر سأنۍ

چمن چمن چھُ لۄبہٕ وُن
فضا یتیٚک چھُ شۄبہٕ وُن
پکِو پکان چھِ مان مأنۍ
کٲشِر سأنۍ کٲشِر سأنۍ

گیوٚان چھِ آبشار از
ہوا چھُ مُشک دار از
حسین حسین دٕرِ دأنۍ
کٲشِر سأنۍ کٲشِر سأنۍ

وِسان یٖتکۍ چھِ کھاہ تہٕ کھل
نیان وچھس اندر چھُ ڈل
ٹٔبن پیٹھے چھِ نغمہٕ سأنۍ
کٔشیر سأنۍ کٔشیر سأنۍ

یٖتکۍ جنگل تہٕ وِیر وار
سٔبٹھاہ بلند چھِ کوہسار
چھِ کٔشر پرٛیٚشۍ یہِ شیٚپنہٕ مأنۍ
کٔشیر سأنۍ کٔشیر سأنۍ



سیدرسول پوٗمپُر

(حسن پوٗر، وێجہِ بیور: ۲۰۱۱ء-۱۹۴۰ء)

# گاندھی جی

سُہ اوس قاٗفِلہٕ تہٕ اوس تنہا
سُہ قاٗد اٗستھ تہٕ ووت ہرجا
سُہ اوس نیتا بڑی مہاتما
ارادٕ محکم پکان تھکان ما
طوفان برپا تہٕ ژوٗنگ ژھیوٗ ما
غلام قومس سُہ اوس نیتا
فرنگی طلوٗظم تہٕ کوٗت پکہٕ ہا
بدن تہٕ لوٗسُس ضمیر شوٗنگ ما
موژیوٗ کرٗیژ ہیوٗ توتہٕ پھُٹ ما
سُہ بابہٕ قومُک سُہ اوس کیٛا کیٛا
امر چھُ گاندھی امر اہنسا

☆☆

سید رسول پوٗنپرُ
(حسن پوٗر، وینچہ بیور: ۲۰۱۱ء-۱۹۴۰ء)

# پنڈت جواہرلال نہروٗ

وشال دیشکُ شہار نہروٗ | سہُ علم و ادبکُ جہاز نہروٗ
امن یژھان بے قرار نہروٗ | تہٕ دراو قومن بنار نہروٗ
ہمالہٕ پرٕبتھ نظر نظر تھٔز | سٔدرٕ دِلاہ اعتبار نہروٗ
کٔشیرِ ہُنٛد بالہٕ یار نہروٗ | سُہ ووندٕ کنٛز بونہِ نار نہروٗ
سُہ چاچہِ نہروٗ سرٕو شہلی گُل | شُربن سرس سایہ دار نہروٗ
گہٕلی ونٛچ وتھ بےٚ پَے بےٚ سرحد | پکان گوٚو گاشدار نہروٗ
سُہ رأژ ہُنٛد پرٕدٕ چاکھ یمی کوٚر | تہِ اوس گاشرِ مُنا ر نہروٗ
نگارٕ نےٕ ہُنٛد نِگار نہروٗ | پھولن دوہے گُلزار نہروٗ



اومکارناتھ شبنم
(وچی، پٔلووم: ۱۹۴۵ء)

# مِلہٕ ژارِکۍ انہار چھِ أسۍ

یێتہِ دِلہٕ چَن تارن سوز مُژھٕیل        رگن رگن منز خوٗن سرٛہیٚل
یێتہِ ارمانو تقدیر بدٔل        یێتہِ صُبح نٔپل یێتہِ شام شٕہل

تمہِ وطنکۍ دعویٰ دار چھِ أسۍ
رٕتہِ مِلرٛژارِکۍ انہار چھِ أسۍ

یہِ چھےٚ ریٚش وأرۍئتہِ کٔمن ساذن ہنٛز        ریٚش مالبن بیٚیہِ آزادن ہنٛز
یہِ چھےٚ مجنوٗنن فرہادن ہنٛز        یہِ چھےٚ مأج نوٗبن ایجادن ہنٛز

دِلدارن ہندۍ دِلدار چھِ أسۍ
رٕتہِ مِلرٛژارِکۍ انہاز چھِ أسۍ

حض شیخنٛ اسہِ دُیٖت ہوش دوہے        یێتہِ للہِ کھوٚت واکھن بوش دوہے
یێتہِ لیٚنمہِ منز پھوٚلی پمپوش دوہے        یێتہِ پھُلیاہ ژٕ برجوش دوہے

اَمہِ باغکۍ نٔخ بیدار چھِ أسۍ
شبنم نی موختۍ ہار چھِ أسۍ

☆☆

برج ناتھ بے تاب
(بونہٕ پۆر، أکنِ گوم، انت ناگ: ۱۹۵۳ء)

# کٲشِر

پوش پھولراوان بہارن یارِ جنگلن ہُنٛد ہوا
جوش بخشان آبشارن یارِ جنگلن ہُنٛد ہوا
موسمن ہٕنٛز شۆب چھس بےٚ، بےٚ ونن ہٕنٛز کوٗر چھس
زندگی چھس لےٚ بہٕ بخشان سونٛتہٕ سُلہِ کۆستوٗر چھس
پےٚ دِوان نوٚ و نو بہارن یارِ جنگلن ہُنٛد ہوا
مێانہِ کوچھِ منٛز گُلمرگ تےٚ مێانہِ کوچھِ منٛز جھیل ڈل
مێانہِ کوچھِ منٛز نیرکنیہ تےٚ مێانہِ کوچھِ منٛز اہرِ بل
ساز وایان لولہٕ تارن یارِ جنگلن ہُنٛد ہوا
یتھ جہانس منٛز چھِ سأری مێانہِ حُسنکی گون گوان
باگہِ آمٕژ چھس بہارن، شالہٕ مارن گل پھولان
مێون مالیُن دیودارن یارِ جنگلن ہُنٛد ہوا

☆☆

بشیر اسرار
(بخشی آباد، اننت ناگ:۱۹۵۵ء)

# شۄبہٕ وُن کشمیر

| | |
|---|---|
| خابن سانٛین ہُنٛد تعبیر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |
| ہَوَہس امہِ ہِکس رُت تاثیر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |
| کوثر ناگ، وبتھ، وولر، ڈل | ژھٹہٕ ماران ییتہِ مانسبل |
| سونہٕ من، آبس رُت تاثیر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |
| آرٕ پتھ، بریٛنگی تےٚ ویرناگ | بوز وایان مِلہٕ ژارکٕ راگ |
| چھُرٕ کولہِ ہُنٛد آب زن شیٖر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |
| شِلہٕ پدمأنیاہ ہش سۆنٛدر | اچھِ ول باغٕچ پان ژادٕر |
| وچھِ منٛزِلس منٛز للہٕ وان سیٖر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |
| روزَو اکھ أکی ہِنٛدی غم خوار | اتھٕ واس کرَو أسی یارٕ ے یار |
| وٕنِکی أسی پگہکی ولہٕ ویٖر | شۄبہٕ وُن شۄبہٕ وُن سون کشمیر |

☆☆

زاہد مختار
(انت ناگ: ۱۹۵۶ء)

## کٔشیر

گاشہِ آگر میانہِ وٕطنٕچ سرزمین
برکتُک اسمان ، روشن پربتھ جبین
اکھ نشانا جنتُک سوٗئے چمن
تا ابد آباد روٗزِن اسہِ وطن
درگھس منز شولہِ ماران رحمتھا
شاہِ ہمدانن رح تہِ تھوٗ اسہِ منتھاہ
حضرتِ سلطان رح تھزرس بادشاہ
اسہِ چھےٚ دسگیرن رح بخشمٕژ عظمتاہ
شینہِ بالن نوٗر پرٮ۪ز لان اٚنہِ تن
تا ابد آباد روٗزِن اسہِ وطن
میٚل گرٛھان بھگتس ،شٕوس،ییٚتہِ لولہِ سان
کیٚرتن ییٚتہِ گردوارن منز گریزان

دشہِ چھےٚ استان دارِ پٹھ کم دعا منگان

یێتہِ چھےٚ ہیرتھ عیذ ءستی ہکچن گِندان

بأے چارکٕ مِلہٕ ژأرُک اکھ چمن

تا ابد آباد روٗزِن اسہِ وطن

للہِ چھےٚ للنأ وٕہژ یہِ بُتراتھ لولہٕ ءستی

چھِی لبان ژرارس اندر فیضان ءکتی

زوٗن تابان سأنی ، آزاد ، سون میر

یێیہِ تہِ گُنہِ چھامأری مٔژ یژھ ہِش کٔشیر

رأچھ شہجارس کران یێتہِ بونہِ پن

تا ابد آباد روٗزِن اسہِ وطن



ڈاکٹر حسرت حسین
(سونی گام، کولگوم)

# سون وطن

یہِ چھُ سون وطن نُندٕ بون چمن
یہِ چھُ حُسنٕس وِزِ وِزِلول برن
پربتھ سوٚنتہٕ چھُ پھولوٗن پوشہِ چمن
یہِ چھُ حُسنٕس وِزِ وِزِلول برن
ییٚتہِ شیٖن جمع کوہ مالن پیٹھ
ڈلہٕ وُن چھُ ہوا ییٚتہِ بالن پیٹھ
اسہِ رشکِ ختن نُندٕ بون وطن
یہِ چھُ حُسنٕس وِزِ وِزِلول برن
بالن چھُ ڈلان ییٚتہِ یارِ ہوا
کم مرگہٕ تہٕ گُس مدمائتی فِھا
ییٚتہِ جاناوار کم باشہِ کرن
یہِ چھُ حُسنٕس وِزِ وِزِلول برن
گوٚبریوٚ ہیچھِو سہٕ علم و ادب
لون شہرِ و گری تو کار کسب
اچھرن چھِ پریٚزلان تارکھ نب
لیہِ تہٕنزِ چھِ ماجن دأدی بل
یتھ چمنس رنگہٕ رنگہِ پوش پھولن
گُلِ لالن جگرکی داغ بلن
یہِ چھُ سون وطن نُندٕ بون چمن
یہِ چھ حُسنَس وِزِ وِزِلول برن



(۷)

# تہوار

منظور ہاشمی

(وترگام، ووگر: ۱۹۹۷-۱۹۳۵ء)

## بڑٕ عید

کمہِ آنکُ دوہہ، کمہِ شانکُ دوہہ
دیہِ عظمُژ ہنٛدِ عرفانکُ دوہہ
وولہٕ آغس برونٛہہ کنہِ سر توٚمرو
بڑٕ عید چھےٚ از شُکرانکُ دوہہ

پرٛبتھ طرفہٕ چھُ گرٛبز اَورادن ہُنٛد
ماحول شودبن افکارن ہُنٛد
از ہوا چھُ نافہٕ تہٕ خوشبو ہبتھ
تکبیرن ہُنٛد اذکارن ہُنٛد
بڑٕ عید چھےٚ از شُکرانک دوہہ

یہِ چھُے سُے دوہہ یتھ توحید مُدعا

یہِ چھُ پاواں یاد تسلیم و رضا

ایثار خلیلُنؑ أزی رتھِ کھۆت

اسماعیلنؑ کۆر وعدٕ وفا

بُڈ عید چھےٚ از شُکرانُک دوہہ



پٕرتھوِی ناتھ کوٗل سایِل
(شالہٕ کدل، سری نگر: ۱۹۳۸ء)

# راکھی

گنڈَ ے لولہٕ راکھی ژٕ وولہٕ بایہٕ میٚانے
بودوارن دواں آیہٕ سَے مایہٕ چانے

مےٚ دوٚہہ تارٕ ووٚتھم یہٕ راکھی بناوان اتھ تِلہٕ لاگان تہٕ اتھ فیٖتی بناوان
أنِم چیِز کم کم تہٕ أسس سجاوان وُچھتھ آے أسس گٹاوان بڑاوان
کلا بوت لوگُم مےٚ اتھ مایہٕ چانے
گنڈَ ے لولہٕ راکھی ژٕ وولہٕ بایہٕ میٚانے

وٕنَے کیٚا مےٚ سکھران ووت کوٗت کالا دِژتھ ما نظر، آکھ ما بأے لالا
ژٕ ے ماپُھے پیٚوان زانٛہہ تہٕ میونےٚ خیالا ژٕ وُچھ چانہٕ دوٗر بر گومُت کیٚا مےٚ حالا
مےٚ درٕ أچھ لجِم وتہٕ وُچھان رایہٕ چانے
گنڈَ ے لولہٕ راکھی ژٕ وولہٕ بایہٕ میٚانے

گنڈَ ے سنأکر ون پانہٕ ژٕ چھے نے مرٛ ھےٚ ژیٚنے دٕبکس ٹیوٗک لاگے یژھِ تےٚ پژھےٚ ژیٚنے
مےٚ چھُم لول، لاگے پریمےٚ یژھےٚ ژیٚنے تِلہٕ دار لاگے اژھے اتھ مرٛھے ژیٚنے
یہٕ سأیِل وُچھان تژ ایہٕ تےٚ گرٛ ایہٕ چانے
گنڈَ ے لولہٕ راکھی ژٕ وولہٕ بایہٕ میٚانے

عبدالاحد واحد
(بوگُنڈ، کولگوم: ۱۹۴۷ء)

# عید مُبارک

شوٗد شوق سرن وٲلی پرن عید مُبارک
امارِ ہتین روزِ درَن عید مُبارک
تھٔوی ذاتِ پاکن رحمتکی درواز مُشرأوِتھ
گلی کٔڑ تہٕ جاناوار کرن عید مُبارک
اکھ راتھ کُنی راتھ چھےٚ رٕبتھ ساس گنٛز راوان
بُتراٗژ سونہری چوٗنہِ جران عید مُبارک
ملکن چھُ یِوان جوش، وچھان سأنی عبادت
نیکن چھُ اورے حق تہٕ کرن عید مُبارک
شُری چھِ بران چاو، تمن زِٹھی چھِ کران واو
عیدٕ یانہٕ دِون لول برن عید مُبارک



زٕنہِ وأتتھ تارِکن لأیِو کمنٛد
نٔوی نٔوی عالم سٔرِو میٲنیو گُلو
ژٕٹھ تھأوِیٚن ربّ پێٚن، لُکھ مول موج
اِدِنہٕ با کأنسی کھٔرِو میٲنیو گُلوَ
(شیخ راضیؔ)

# رٕژکتھ رٕژوتھ

(شُر بن ہٕنٛدِ باپتھ سبق آموز نظمہٕ تہٕ رایمہٕ)

غلام احمد فاضل کشمیریؔ
(ڈب تل، مہاراج گنج، سری نگر: ۲۰۰۴-۱۹۱۶ء)

# کوٚشش کٔرِو

گِنٛدُن گوٚو پوٚز، دڑو کُن گوٚو پوٚز، اما پوٚز
پرُن لیکھُن دوہے تھوسہٕ جاری
پگہہ یِتھ پاس نیٚرو یار ساری
حسابس کُن، سوالن کُن، ژٕ تھَو کل
توجہ دِتھ عمل تھَو تاری تاری
پگہہ یِتھ پاس نیٚرو یار ساری
ٹایم ٹیبل چھُ اکھ بوٚڈ ژھل لیکھتھ تھو
کری امداد بروٚنہہ کُن ذاتِ باری
پگہہ یِتھ پاس نیٚرو یار ساری
ہوٚز لیکھٕنٕچ، ہوزٕ پرٕنٕچ چھےٚ دولتھ
کٔرِو دسلابہٕ ازٕ مضموٗن نگاری
پگہہ یِتھ پاس نیٚرو یار ساری
پٔرِو سایٔنس، جغرٲفی تہٕ تاریخ
کٔرِو سہٕ امتحانٕچ اَزٕ تیاری
پگہہ یِتھ پاس نیٚرو یار ساری

☆☆

سید شریف الدین پرؔواز
(رتن پوٗر، پُلوٲم)

## سونہٕ گۆبریوٚ

کتھ باوے روزکھ شادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

بن پرٕزُک ژٕ دِلدارے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

پٔزی یٲرِس ہر کانٛہہ راضی
سہٕ نو ہرگزِ کھیٚیہِ زانٛہہ بٲزی

مول موج راضی بیٚیہِ اُستادِ
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

مرِ منٛزِ یوٚ تُل ٹھوٗلا راجے
یکدم لاریہٕ ہوونٛ ماجے

میوٚٹھ تمہِ کوٚرنس گیہِ دل شادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

گُلہٕ جانن نیوٚ درجن ژوٗرے
ژوٗ رِژوٗ ریوٚ رُن بِشانٛدِ گونٛدی وٗرے

تتھ پیٹھ تروونٛ وتھرنٛ رادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

بٲے لالہٕ یا متھ لجو۔ شوٗنگہٕ نے
اتہِ سنیوولس کہیتام ہونگہٕ نے

کرِچ کرِچ کرِچ لیٚنٛپھ بُربادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

گُلہٕ جانس پھیرِ رویس زردی
دنٛدو ہتین ژٔٹ تمٕ کرِ وردی

ماجہِ دِگی نس لورِ ہتہٕ پادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

ژوٗر نیران اٰخرِ ژٔنی یے
پروازن سوے شیٚچھ وٗنی یے

یُس نہٕ ژوٗر کرِ سُے شاہزادے
سونہٕ گۆبریوٚ تھَو ژٕ یٲدے

☆☆

خضر مغربی
(چوٹہٕ بازار، سری نگر: ۱۹۹۹ء)

# ٹایم پیس چھُ وَنان

پڑٕ بتھ کینْہہ پنہٕ نِس وقتس پیٹھ کر
وقتس پیٹھ گِند وقتس پیٹھ پر
سبقس کر تعلیما فر فر
ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹِکھ ٹِکھ ٹُل

وتہٕ پیٹھ اَزِ نہٕ دفتر کھولان
پُز کتھ بوٗزِتھ اَزِنہٕ وولان
عاقل چھِنہٕ زانْہہ بک بک بولان
وندس منز چھُنہٕ کوٚستوٗر بولان
وقتس پیٹھ پھل، وقتس پیٹھ گُل
ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹِکھ ٹِکھ ٹُل

سوٗنتس منز چھُنہٕ ہردس طاقت
رتہٕ کاٗلس چھُنہٕ شینک حاجت
نوٚی گُل ہاوان وقتٕچ قوذرت
پھیرتھ ییٚن چھُنہٕ وقتک عادت
کتیٚ جن بوز ناوان یِی بُلبُل
ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹُل ٹِکھ ٹِکھ ٹِکھ ٹُل

☆☆

خضر مغربی
(چوٹہٕ بازار، سری نگر: ۱۹۳۱ء)

# خبردارا ہوش

ٹاٹھہِ یارا ہوش خبردارا ہوش
نو بہارا ہوش، خبردارا ہوش

ٹرٮِفک ہاچھی سخ، سڑکہِ لٔی پکھ
موٹر کارا ہوش ، خبردارا ہوش

اورٕ یور مہٕ پھیر، سکوٗلس کُن نیر
چھٔے اشارا ہوش، خبردارا ہوش

سیٚزٕر پزٕر ہاو ، اپۆز وٕنُن ترٛاو
گاٹہٕ جارا ہوش، خبردارا ہوش

تن تہٕ تھَو صاف، گردن کن تھوصاف
شہہ سوارا ہوش، خبردارا ہوش

نوٗ نوٗ سبق پر، یاد جل جل کر
لوکہٕ چارا ہوش، خبردارا ہوش

تاو مہ سأ ہاو ، بدٕ تمیزی تراو
موکھتہٕ ہارا ہوش ، خبردارا ہوش

مغربی سُنْد بوز عزتہٕ سان زوز
لولہٕ نارا ہوش، خبردارا ہوش



خضر مغربی

(چوٹہٕ بازار، سری نگر: ۱۹۹۹ء)

# یاد تھاو

ژانگہِ شونگنُ بانگہِ وۄتھنُ یاد تھاو — کأم پننۍ سبق پٔرُن یاد تھاو

کر سکۆ لِچ کأم، بمعٔ گرِچ کأم — چھُے ژٔرے رُت انسان بنُن یاد تھاو

اپۆز ونہِ نِس اُسۍ تن یۆ دفائیدے — توتہِ نباہ اپۆز وَنُن یاد تھاو

وۄتھ سُلی اتھ بتھ چھل شوٗژ روز — چھُے خدایس کُن تہِ نمُن یاد تھاو

یُتھنہٕ کرکھ بد کلأمی کأنسہِ سۍتۍ — تھۆد پنُن اخلاق تھونُ یاد تھاو

چھُے ژٔے خبرٕ سڑکہِ پیٹھ ٹریفک چھُ سخ — پنٕنہِ سایڈے کھۆوُری پکُن یاد تھاو

لتھ نہٕ لاگنۍ، ژُنڈنہٕ تراوِنۍ، کُنہ مہ لاے — یاد تھاو ژھٔلی ئلی نہٕ متُن یاد تھاو

رازِ گرِکۍ گژھِ نہٕ نبر زانہہ کڈُنۍ — سر چھُ سِرے گژھِ نہٕ وَنُن یاد تھاو

مغربی ہنٛز کتھ سُٔن کن تھوٗن

اتھ نہٕ اُسن اتھ نہٕ ژلُن یاد تھاو



مرغوب بانہالی

(بنکوٹ، بانہال: ۱۹۳۷ء)

## دُردانہٕ بن

ژاٹہٕ ہالکہِ شبنمو دُردانہٕ بن — پوشہِ ٹۄربو پھُلیہِ ہُنٛد جانانہٕ بن

أزی کہِ ژٕنٛدرو پھل ژٕنٛدٕ ریگہک بنکھ — عالمس گاشُک ژٕ نۄو نورانہٕ بن

زِیٚوٹھ سفرٕ ے میوٹھ میٚو دِیہِ وتہٕ گژھن — کرُؤٹھ کوہ ژھنٛڈ مجنتک فرزانہٕ بن

نَم کُنِس رٔبس تہٕ نبیٚ لیس پٲری لگ — تُمی سٕنٛدِس پرٕتھ سُنٛنس پروانہٕ بن

وتھ صحابو حُبِ نبیُ تِچ ہأو ہے — ژۄشہِ وٕنی یارن ژٕ پۆز یارانہٕ بن

ڈٲلی سیٚز وتہِ شب رٔنگو یم کاروان — منز گٔژھن گاشُک تمن سامانہٕ بن

بے اثر ما روزِ مرغوبنٛ دُعا

نُورِ قرآن بر دِلس نۆرانہٕ بن



مرغوب بانہالی
(بنکوٹ، بانہال: ۱۹۳۷ء)

# گُلابو

یہِ خوش بۄ کتہِ گٔرتھ حاصِل گلابو
تلا میٚتہِ ہاو سوے محفل گلابو

ژُپاسے مشکُ ہمسایِن ژےٚ بخشُتھ
سخاوٕژ کٔمی کوٚرُکھ واصِل گلابو

ژےٚ کٔمی سِنٛدِ لولہٕ زیوٗنتھ زیوٗٹھ سفرا
گٔیی آسان ژےٚ رٕتھ مُشکل گلابو

جمع أسیاہ تسندی یار تتھ منٛز
قرآن یس پیٚٹھ گوٚمُت نازِل گلابو

دیان مرغوٗب چھُے میٚتہِ آغہٕ سُے چھُم
چھُ یُس لوکہٕ ٹٔبن بڈٕبن دزدل گلابو



پروفیسر غلام محمد شاد
(ولادت: صفا کدل، سری نگر: ۱۹۳۸ء، سکونت وێجہ بیۆر)

## سۆنچِو سأ

راتکُ دُہکُ گرشُن یُن
آفتاب ، زۆن ، تارکھ
بُتراتھ ، نب تہٕ انسانٛ
ہُم آبشار گریز وُنی
تھٔدی کوہ ، بال ، مأدان
مخمل تہٕ سبز دزمنکُ
رنگہٕ دار پنہٕ وٲتھر ہُم
چھا پانہٕ پأدٕ گأمتی؟
بے شک چھےٚ کانٛہہ سوزاتھا
یمی پأدٕ یم چھِ کٔری متی
سٔنٛز تو تہٕ سۆنچِو سأ

تھٔدی تھٔدی خیال رٕتی رٕتی
سوٗنچُن ، وُچھُن تہٕ بوزُن
گُفتارٕ کُے یہِ طاقت
زٕرِ ، ہارِ جل تہٕ کوتر
کوٗستوٗری ، طوطہٕ ، بُلبُل

بٕے شک چھےٚ کانٛہہ سوزاتھا
یُٚمی پأدٕ یِم چھِ گری مِتی
خأٔلق سُہ کاینا تکُ
تسٕی بندگی کروَ نا

سوٗزے یہِ تہٕنٛدِ باپتھ
تعریف تسٕی چھِ شوٗبان
مأٔلک سُہ شش جہاتکُ
عرفان تہُنٛد سرَو نا
حمد وثناء پرَو نا
تأریف تسٕی کرَو نا

☆☆

ایوب صابٕر
(بگُو وم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# داناٲیی

| | |
|---|---|
| رتُ رتُ کرٕ گیہِ داناٲیی | عٲلماہ پرٕ گیہِ داناٲیی |
| امنٕس لولس مِلرٛٲرس | لولاہ برٕ گیہِ داناٲیی |
| زُو ذاٗ ژٕن کرٕ ہمدردی | ذاتس ڈرٕ گیہِ داناٲیی |
| کاٗفی ناچھُنہٕ ونہٕ نٔے یوت | عملاہ کرٕ گیہِ داناٲیی |
| سبزٕرس پزٕرس روزُن لور | محنت کرٕ گیہِ داناٲیی |
| صاٗبرٕ صاٗبس اٗچھِ پپٹھ مُچھ | زانٕہہ مو زَرٕ گیہِ داناٲیی |



ایوب صابر
(بگُووم، کولگوم: ۱۹۳۸ء)

# رِژ کتھ

رِژ رِژ کتھ کینِہہ بۄزِو سہٕ
ٹاٹھو دیٛانس رۄزِو سہٕ

صبحن سُلہِ وۄتھ سرانا کوٚر
خدا صائبس کُن دِیانا کوٚر

دِل تھوو اۓنکی پاۓٹھن صاف
دِے تھاوِنی گوٚو پاپھے پاپھ

بۄزِتھ یِنہٕ سہٕ لاۓگو زۄر
چایا چینِہ اِد سبقاہ پوٚر

امہِ پتہٕ تراوُن یکدم شاپھ
وردی لاۓگز صافِے صاف

لنچ ڈبہٕ ہن تچ کینژھا کھیوٚو
خوش رۄزِتھ اِد سبقس گوٚو

ونہِ کیٛا ٹیچر تھاوُن دیان
بلکُل تِھی کُن لاگُن پان

رِتی پاۓٹھن یِیلہِ سبقاہ پوٚر
لنچ بریک واتہِ تہٕ رِگنڈُ ناکوٚر

زِٹھی سُندرُت رُت گرِھ بوزُن
حکمس تاۓپن گرِھِ روزُن

رِژِ کتھِ کُن تھوو دِیانا پۄر
نہٕ وُنن اپوٚز نہٕ کرِنی ژۄر

جہلِچ کونڈِ چھِ روزان اُم
موخصر یِنی گرِھِ نرمی کاۓم

دُنیاہس منز بس صاۓبر رۄد
روشن مستقبل کوٚر بۄد

☆☆

شیخ راضیؔ

(کنبلون، ویچہٕ بیٛور: ۱۹۴۳ء)۔

# میٲنۍ گُلو

زندگی منٛز رتٕ گٔرِو میٲنۍ گُلو
تھپھ گٔرِتھ تارس تٔرِو میٲنۍ گُلو
زان کٲری ءتٕ تھأوِو دوستی
کینٛہہ لیٚکھو کینٛژھا پٔرو میٲنۍ گُلو
تھوٚد وٕتھو اکھ پانہٕ بیٚیہ تُلی ہُن وو پر
بے کسن اتھہٕ روٚٹ گٔرِو میٲنۍ گُلو
سوٚنتہٕ کالکی دوہہ پنا ئلی راوِ رِو
ہرِد واوس منٛز ۂرِو میٲنۍ گُلو
سوکھ اگر آسو گٔژھو خوش پانہٕ وأنۍ
کٲنسہِ ہُنٛد دوکھ پنہٕ ژٔرِو میٲنۍ گُلو
زوٚنہٕ وأتتھ تارِکن لأیو کمنٛد
نٔوی نٔوی عالم سٔرِو میٲنۍ گُلو
ٹوٚٹھ تھأوِیوٚن رٔب پٔژن، لگِھ، مول موج
اِدٕ نہٕ با کٲنسی کھٔرِو میٲنۍ گُلو

☆☆

اعجاز غلام محمد لالو
(آونیرہ، فرصل: ۱۹۴۴ء)

# عِلم

عِلم پیٚٹھِن عِلم ہیٚچھِن    عِلم چھُ ترٛیش دِ مٔتھِن
عِلم چھُ زندگی دِوان    خدا وَنان نبیؐ وَنان
عِلم چھُ ناش ظُلمتس    عِلم چھُ راش محبتس
عِلم چھُ گاش بے گُمان    خدا وَنان نبیؐ وَنان
عِلم بکار ہر زمان    عِلم چھُ آدمس امان
اتھ نہٕ ژٕوٚرِ کانٛہہ زوان    خدا وَنان نبیؐ وَنان
عِلم پٔرِو، ادب ہیٚچھِو    ادب ہیٚچھِو عِلم پٔرِو
عِلم چھُ گاش منٛز گٹن    خدا وَنان نبیؐ وَنان
عِلم وَنان والدین    چھُ حق اوہنٛد فرضِ عین
عِلم پٔرِتھ چھےٚ وتھ یوان    خدا وَنان نبیؐ وَنان

☆☆

عبدالاحد فرہاد
(عُمر ہیر، برٛھ پۆر: ۱۹۴۶ء)

# عٲلِم پر گۆبرا

عٲلِمس آسان پَر گۆبرا — بَخ سپدان یاوَر گۆبرا
پڑٕ بتھ وقتس منٛز سے پکہِ برٛونٛھ — یَس لِکھِ پٕرٕ پَھر پَھر گۆبرا
بے عٲلِمس بس سارٕ ن بور — خوانِد بنان افسر گۆبرا
یَس چھُ عٲلِم تس چشمن گاش — مُڈٕ گۆو رٕڑ گۆر خر گۆبرا
علمکٕ آگُر حق سُبحان — رأضی پیغمبر گۆبرا
پننہِ اسہِ ممکن سپدِتھ ہیۆک — ژٕے تیٚتھ کینٛہہ کر گۆبرا
شیٚچھ سُلہِ گرِ فرہادٕنۍ بوز — دِل دِتھ سبقاہ پر گۆبرا



عبدالغنی بیگ اطہر
(ریگی پور، کوپہ وور: ۱۹۴۸ء)

# گرنڈ

| | |
|---|---|
| اکھ تہٕ اکھ گئ زٕ | جج بنہٕ بہٕ |
| زٕ تہٕ اکھ ترٛے | صاف کھٔن کھےٛ |
| ترٛے تہٕ اکھ ژور | مَسہَ کر شور |
| ژور تہٕ اکھ پانژھ | کانٛسہِ مہَ لاگ ہانژھ |
| پانژھ تہٕ اکھ شےٛ | دوٕد کپ چےٛ |
| شےٛ تہٕ اکھ ستھ | بوز رٕژ کتھ |
| ستھ تہٕ اکھ أٹھ | مأج چھم ٹأٹھ |
| أٹھ تہٕ اکھ نو | برأر کران میاؤں |
| نَو تہٕ اکھ دَہ | بس کر سہَ |

☆☆

سلطان محمد سلطانؔ
(کاندر پوٗر، گُر، ویچِہ بیوٗر: ۱۹۵۱ء)

# بارہ رؠتھ

رؠتھ چھُ گوڈنیکُ جنوری ۔۔۔ ہِتر گرژھان ترٕ ترٕ
دوٗیِم رؠتھ گوٚو فروری ۔۔۔ پھیوٗر وُشنیر سرٕسرٕ
ترٛیٚیِم تتھ مارچ ونان ۔۔۔ شیٚچھ بہارِچ ہیٚتھ سُہ آو
آو اپریل جوش ہیٚتھ ۔۔۔ لنجہِ پتہٕ لنجہِ پوش ہیٚتھ
آو پوٗنژم رؠتھ مئی ۔۔۔ باغ شولان چھہِ صحی
جوٗن آو توٚت چھُ تاپھ ۔۔۔ بونہِ شہلِس تراو ڈاپھ
جُلٲے آوٕ سُلے نیر ۔۔۔ کرچکر پرٕتھ جایہِ پھیر
اگستس منز وِژرن ۔۔۔ یور ترٛنس ما چھُ ژھین
نوٚم رؠتھ آو ستمبر ۔۔۔ میوٕنے کیٚاہ گیہِ انبر
اکتوٗبرس امتحان ۔۔۔ لیکھ پرٕ بڑٕ دیانہٕ سان
کہِم رؠتھ آو نومبر ۔۔۔ ونہٕ چ تیاری ووٚنی کر
دسمبرس سکوٗل بنٛد ۔۔۔ ہتہٕ سہٕ وٗری ووت انٛد

☆☆

رشید سرشار
(واں گوم، شُشپن: ۱۹۵۳ء)

# آش

تُہی آش ماجن
تُہی کرانکھ واجن
پُر ولیکھِ وُرت
سُرِ وکُرِ وُرت
چھےَ براتھ تہنز ے
نظر تو ہے پٹھ
پگہہ چھ تُہنڈ ے
پرٗ زھن دِیو پڑھ
منس دِیو حبس
لیکھِو بصائژ
زمان چھُ تُہنڈ ے
زمین تُہنڈ ے
سأنی اَہی چھےَ
تُہنڈِ باپتھ
سأنی اَہی چھےَ
تُہنڈِ باپتھ

☆☆

شہناز رشید
(سوپور: ۱۹۵۳ء)

# خواب

سہٕ گوٚژھ معجزاہیوٚ گژھن زانٕہہ
مےٚ سمکھنۍ گژھم شوخ نوٗز کھتہٕ اسہٕ وُنی جماتھاہ شرٕ بن ہنٛز
سو اسہٕ وُنۍ جماتھاہ
پوٗشری وُڈوِ یو سہٕ کران آسہٕ ہے پربتو پیٹھٕ
یمہٕ زنتہٕ کیٚمہ ہوی
وتن آنگہٕ نن گاشراوان یمہٕ آسن
شبس ژیر تامتھ
مےٚ گوٚژھ کانٕہہ فقیرِ خدا از
سہٕ یُس کرِ نظر ہیوٚ رتہٕ پیٚیہِ روٗ دشہرس
تہٕ دریاوِنہٕ محلہٕ کس پوٚختہٕ کوچس
مےٚ گوٚژھ کانٕہہ سخی از
سہٕ، یُس کاغذٕ و ناو انہِ ہے بناٗوِتھ شرٕ بن کِشر
تہٕ شُری تراوِ ہن اد سبٕڑاہ خوش گژھِتھ
کاغذٕ ناو یاشاگرِ تھی اتھ پٔس منٛز

سمٔتھ سوز ہن تو پتن

ژرِشوخ کوترنبس کُن

تھرہن نیر ہن گُل

پہن پوشہر بن پر

پتے دورِ ہن ننہ وأری تمن شُری

أستھ تے گندِتھ تے تھکِتھ تراوِ ہن لر

ایور گرہن باغس اندر

ژیرتامتھ



جواہرکول
(ژوگام، قاضی گُنڈ: ۱۹۴۳ء)

# ژٕ بن انسان جِگرو

ژٕ یوٚ د وُنی کٔمن کران چھکھ اڈٕجی کتھ
یہۓ کتھ بنہِ پگاہ عزت تہٕ دولتھ
چھےٚ چأنس ماجہِ مأزِس چأنی بڈٕ ستھ
پگاہ ہاوکھ ژٕ قومس برونٹھ کُن وتھ

ژٕ نو روزکھ یتھےٚ نادان جِگرو
بنکھ ہا پئنہِ وطنٕچ شان جِگرو

ژٕ چھکھ نُنڈٕ بانہٕ کشیرِکۍ منو شا
ژٕ چھکھ پوشن اندر نُنڈٕ بون پوشا
ژٕ چُھکھ بُتراتھ ہُنْد اکھ بیخ جوشا
ژٕ پر تعلیم، رُت کر پأدٕ ہوشا

ژٕ بن انسان بن انسان جِگرو
بُلند کر پئنہِ وطنٕچ شان جِگرو

ژٖ گرٹھ روڈانۂ مدرس راجہٖ نوبرو
شُربن ہنٖدٖ ٹاٹھٖ گندن باجہٖ نوٗبرو
ژٖ دل پھولراو مائلس ماجہٖ جگرو
تمن ہنٖز آش ہا چھُکھ راجہٖ گوٗبرو

ژٖ بن انسان بن انسان جگرو
بُلند کر پٹنٖہٖ وطنٖچ شان جگرو



بشیر اسرار
(بخشی آباد، اننت ناگ: ۱۹۵۵ء)

# أسی چھِ لوٗلے لول

مِلہٕ ژاژک ژونگ پرِیز لاوٕو پکو
سارِنے ہیٚتۍ اتھہٕ مِلنا ووٕ پکو
بأے بارٕنی أسی چھِ گُل یُمہِ وارِ ہنٛدی
پانہٕ نیارکٕ مُشکٕ پھألاوو پکو
پھیوٗک پھیکِس ہیٚتِھ رلاوو دوستو
بأے چارکٕ باغ سکناوو پکو
أسی پرٕو پرٕزُک سبق، پوٚز پوٚز ونو
رُت رُتے ہر ساعتہٕ عملاوو پکو
ماجہِ مأیِس، أستادن، بیٚنہِ ژِٹھین
احترام آیِت پٔنٕن تھاوو پکو
أسی چھِ لوٗلے لول لوٗلکۍ راۓچھ در
پرٚتھ أکِس ہیٚتۍ لول ورتاوو پکو

☆☆

علی شیدا
(نپور، قاضی گُنڈ: ۱۹۵۳ء)

# میانہِ پۆکھٕچ آش

ژٕ چھُکھ شاہ، بادشاہ، شاباش گۆبریا
ژٕ ہا چھُکھ، چشمہِ چشمن گاش گۆبریا
پنٕنو راوکھ تھلکھ، پنٕنہِ کاٗر نۆ مرکھ
ژٕ ہا چھُکھ میانہِ پۆکھٕچ آش گۆبریا



نِوان چھُکھ پوٗژ واٲلتھ ماجہِ لگہٕ ہے
لمان مستس گِندن کنہٕ واجہِ لگہٕ ہے
بوٗچھے ہوٚت چھُکھ اژان پرٕژھنےٚ وٕچھس تل
ژٕ ہا چھُکھ راجہِ نےٚ ہُنٛد راجہِ لگہٕ ہے



اسان چھُکھ وُزملن مُشر پھ گرِشھان پان
ودان چھُکھ سوٗنتہِ کاٛلچہِ لوٗچھےٚ مند چھان
چیوٗان چھُکھ ماجہِ ہئژ بیہِ دود ژٕ پرٕژھنے
گِندان چھُکھ تےٚ ژٕ ینگان چھُکھ ووٗند میاپان

ژےٚ ہا پچھے لال لاُرتھ لال بنڈس
ژےٚ ہا پچھے نال ژھیوٚنمت نالی جنڈس
ژٕ ہا چھکھ شاہ، شہنشاہ، پادشاہا
ژےٚ ہا چھی باٹہٕ پھلی گرِتام چنڈس



مژگان چھےٚ تژلیش ژیےٚ صحرایے سینا
ژےٚ پژاران کربلا شبر شبیرؑن
ژےٚ طوٗفانس تژٕتن چھےٚ سینہٕ دارِن
ژےٚ ہا پچھے بے ستوٗنن سینہٕ چیرِن



راجا یوسف
(اپنی ڈۆر، انت ناگ: ۱۹۶۰ء)

# گرنڈ

اکھ زٕ ترٛے ژور ٹاٹھو... سا گرِ و شور
پٕرو لیکھو گرِو غور اکھ زٕ ترٛے زور

پانژھ شےٚ ستھ اَٹھ کارس مَہ دِمأٹھ مأٹھ
بلایہِ لگی آپہٕ ٹاٹھ پانژھ شےٚ ستھ اَٹھ

نو داہ کاہ باہ ہتھنہٕ اپزٕ ونکھ زاہ
پۆز چھُ پۆزے جابجا نو داہ کاہ باہ

ژٕروٚواہ ژوداہ پنداہ شُراہ ہبن اوٗنُم وتنہٕ گُراہ
بہ چھُس نانہٕ گنے زُراہ ژٕرواہ ژوداہ پنداہ شُراہ

سداہ ارداہ کنُوہ وُہ عٔلِم گاش پزٕ بزلان چھُ
دِل تہٕ تازٕ روٗح سداہ ارداہ کنُوہ وُہ

☆☆

ڈاکٹر بشیر احمد غمگینؔ
(زوہامہ، بڈگام)

# عادت کرو

پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو　　سُلہٕ وۄتھو، ربہٕ سنٛز عبادت کرو
اتھٕ بُتھ چھلو تلاوت کرو　　پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو
پرٕ بتھ فنس منٛز حأصل مہارت کرو　　پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو
عٔلمہٕ ستین دوٗر جہالت کرو　　پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو
کامیأبی ہنٛز حأصل سعادت کرو　　پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو
پزِ لولچ رٕژے رٕژ اشاعت کرو　　پۄز وننُک پأدٕ عادت کرو



ڈاکٹر گلزار احمد راتھر
(اسورہ، کنبلون بجبہاڑہ)

# رٕژ کامہٕ

سُلہٕ سُلہٕ وۄتھن اتھہٕ بتھ چھلُن
سران کرُن

سران کرِتھ ربّ یاد کرُن
رّب یاد کرُن

سۄم سۄم کھیۄن سۄم خرچاوُن
سۄم خرچاوُن

تن صاف تھوٕنی من صاف تھوُن
من صاف تھوُن

پرٕنس لیکھہٕ نس گن دیان کرُن
ژۄر دیان کرُن

وقتس پیٹھ گنڈُن وقتس پیٹھ پرُن
وقتس پیٹھ پرُن

وق گژھہِ نہٕ ہرگز ضایہٕ کرُن
ضایہٕ کرُن

پربتھ کانٕسہٕ زِٹھس عزت کرُن
عزت کرُن

کنژھبن پنہٕ نبن لول برُن
لول برُن

پۄز گژھہِ وَنُن رُت گژھہِ سرُن
رُت گژھہ سرُن

رٕژ رٕژ کامہٕ کرنس نہٕ ڈرُن
کرنس نہٕ ڈرُن

ربّ یاد کرُن رّب یاد کرُن
رّب یاد کرُن

دِل گژھہِ نہٕ دُکھاوُن خوش روزُن
خوش روزُن

ربّ یاد کرُن ربّ یاد کرُن
ربّ یاد کرُن

☆☆

صباشاہین
(اوٗگمنہ ٹنگمرگ:۱۹۷۵ء)

عٲلم پرٕو تہٕ حٲصل زان گرِو
رٕژن کامہٕ کنٛتھ تہٕ دیان گرِو
رُت وُچھو، رُت گرِو تہٕ رُت سوٗنچو
کامہِ ہر ساتہٕ رٕژٕ تہٕ جان گرِو
پرٕ تہٕ پان ہیوٗ وبنٛدُن ہیچھو گوٚبرو
نظر پزٕ بتھ کٲنٛسہِ لولہٕ سان گرِو
کٲنٛسہِ ما ووت تُہنٛدِ ستیٚ تکلیف
پوٗر جانبر زِ اطمینان گرِو
توہہِ ہبا چھو کران صبا اٰہی
پانہٕ حٲصل پٔنٕنۍ پچھان گرِو
رٲضی ربّ روزِ نو، نُوو تہٕ پھولِو
عٲلم پرٕو تہٕ حٲصل زان گرِو

☆☆

غلام احمد فاضل کشمیری
(ڈب تل، مہاراج گنج، سری نگر: ٢٠٠٤ء-١٩١٦ء)

## بوٗکُت

ژُھسُر ہیٚو پاُڈ پینڈ ہیٚو بیأرِ بوکتا
کران اوس ہِکھِ کیٖرِس نِش بے پروا
گراہ اوس ژھالہِ ماران زنتہِ بوٚڈبیور
ووٹان اوس منٛزی دوان منٛزی اور تےَ یور
ووٹان گوٚو ہے! اما اکھ ووٹھ گیٚس ژھوٚٹ
یہِ کیٖرس گوٚوتہِ آبس منٛز ہنا پھوٚٹ
وقت اوس زوٗنہِ پچھ نوٚن تاپھ ہِش زوٗن
نہ اوس کُنہِ شال نےَ أندرِ پکھی وُنگان ہوٗن
کمو چشمو بوٗکُت لوٚگ وُچھنہِ ہیٚور کُن
سبٹھاہ تارکھ نبس پیٹھ پانہٕ بس کُن
نہ گُدریومُت أمِس زانٛہہ اوس پانس
ووں پھسُر وو شُرلہِ منٛز ییتھ قاُد خانس

وُچھن کیرِس چوکاٹھ ، چرِ کھُری تہٕ ستھ تأری
اویزان رز ، اندن پیٹھ اتھ زٕ تولوأری
دۄپُن ہیوٚر واتہٕ نٕچ چھم بس گُنی وتھ
خدایا گاٹہٕ جار دِم عقلہٕ ہنٛز ستھ
وولا تولوارِ چھکھ بوٚڑ ، کھوٚل تہٕ ٹاٹھر
وول بن ژٕرے میانہٕ باپتھ ترٛکرِ پوٚتُر
بوکٕٹُ لُز چھ ، بوٚنیم تولوور وۄتھ بون
چوکاٹھس نِش دوٚیم کھوٚت مُیٖل سپُد دون
لپأری پوٚک ژھاوُلا ، ویوٚٹھ پوٚٹھ ہیرِی کنٛز
وسان لَس لال أسس نستہٕ کنٛز کھنٛز
کلس پیٹھ ہہنگ وُتھتھ ، کن زٕٹھ کھلی ٹأری
تہٕ جسمس ماز ألی ألی تاز ترکأری
وُچھن کیرِس ژٕرکس تل برأری بوکتا
نکھے لَس زوٚن بٔڈ بٔڈ عکس فرما
أمِس وۄتھ ہے بباہ! کیٛاسہ کران چھکھ
گنٔے زوٚن ژوٚرِ پأٹھِن یٔڈ بران چھکھ
توجہ بالہٕ ژھاوِلی زوٚنہٕ گن گونڈ

دۋپُن کیرِس ژۂکس پپٹھ ژامنے موٹڈ
دۋپُن بوکِتس لگے پأری ٹاٹھِ میانے
بہ چھُس فاقےَ ژےّ نِش آس لولہٖ چانے
مےّ چھم ژامن کران خوش چھم یہِ روژان
وتھاہ ہاوُم ژۂکس کُن ، ژھوٗٹ تہٖ آسان
اپیر کچھلُن اُتی ژیوٗنٖ بیارِ بوکتن
چھُ گاٹُل معنہِ ژارن خاص نوکتن
دۋپُس اُمی بیارِ بوکتن "ہے بُزرگا"
ژٕ تولوأرِس اندر بیہہّ، کینہہ نہٖ پروا
بُزرگن بۆز آلو، پژھ نہٖ آیس
تہٖ سکھریوو زنتہٖ ماتا مال سالس
یُتھے کھوٗت تولوأرِس پیٹھ یہِ ژھاوُل
ژکرٕ لٕج نژنہِ ، بون ووت کاوٕ گاٹُل
ٹھُسُر ہیوٗ پاُڈ پینٹھ ہیوٗ گوٗو کھٕسِتھ ہیوٗر
کھوان افسوٗس ژھاوُل دِتھ ڈبکس نوٗر

☆☆

پریم ناتھ کول ارپن
(بوگام، کولگوم: ۱۹۹۷ء-۱۹۱۹ء)

# پۄنز تہٕ مگر مچھ

گُلاہ اکھ اوس لنگ لنجہِ دار ۔۔۔ ڈٕرِیاوِ بُٹھِس پیٹھ سدا بہار
اتھ پیٹھ پۄنز اکھ اوس روزان ۔۔۔ میٚوٕ امہِ گُلہِ کی اوس کھیٚوان
دوہہ اکہِ پنژی وُچھ بلایا ۔۔۔ ڈٕزی یاوس منز یہِ کیٚا سنا
از تام ما أسن وُچھمٕژ ۔۔۔ زہٕٹھِ زہٕٹھ خوفناک بلایا یِژھ
کلہٕ کھور ہیٚوٕر تٔمی أس مُژرود ۔۔۔ گُلہِ پیٹھٕ پنژی اکھ میواہ ترود
اکی بژکہِ میوٕ تٔمی ننٕگلِتھ ژھُن ۔۔۔ أچھ مُژر أوِتھ وُچھُن ہیٚوٕر کُن
پنژی پرٛژ ھنس، کیٚا چھُے ناو ۔۔۔ کتہِ چھُکھ روزان سورُے باو
ڈوپنس مےٚ ہبا مگر مچھ ناو ۔۔۔ روزن جاے میأنی یوہے ڈٕرِیاو
یۄت دۄتُس پھیران پھیران ۔۔۔ پانس گُیت چھُس کھین ژھاران
پنژی وۄنُس خوراکٕ چھم نہٕ دِتھ ۔۔۔ عأش کران چھُس یِم میوٕ کھیتھ
کھکبھ ہرگاہ پانژھ داہ تراوے ۔۔۔ بیٚیہِ تہٕ دِمے یۄد میٹھی لگہِ نے
یہِ وٕنتھ پنژی ترأوِس کینٛہہ پھل ۔۔۔ مگر مچھ دوستن کھیٚیہِ جل جل

پنزی وۄنُس دوہے ژِ یوان آس | یہ آسے تراوان ژِ کھیوان آس

یتھ کُلِس چھِنہٕ زانٛہہ پھل سوران | پرأنی موکلان نۄی نۄی نیران

راتھا گیہِ مگر مچھ پگاہ آو | یڈ برِتھ پھل کیتھ واپس دراو

مگر مچھن وۄنی ہیوت دوہے پنٕ | دوِنہٕ وٕنی دوستانہٕ ہیوتن سپدُن

پانہٕ وأنی کتھ باتھ ہم کران أسی | اکھ أکِس لولاہ سخ بران أسی

پنزی وۄنُس اکہِ دوہہ چھُس گُنے | پنُن کانٛہہ چھُم نہٕ چھُس پرژھیونے

مگر مچھن وۄنُس چھم مے زنان | دٔریاوس اپارِ بٹھِ روزان

پنزی وۄنُس یہِ گۄ وسبٹھاہ جان | تِمس رِکتی کونہٕ چھُکھ میوٕ نوان

زنانہِ از تام پرژھُنے نا | کۄت چھُکھ گرشھان کھیوان چھُکھ کیا

نِتہٕ از پانٛژھہ داہ میوٕ لس رِکتی | ژأری ژأری تروا ے رِتی رِتی

مگر مچھن أسس منزی تھۄی پھل | خانہٕ دارِنہِ رِکتی تہٕ دراو جل جل

خانہ دارِنہِ پرژھس یم رِکتہ أنی متی | یتھی مزٕ دار پھل چھم نہٕ کھیمتی

مگر مچھن وۄنُس پوٚنز چھُم یار | دوہے چھُم کھیاوان پھل مزٕ دار

وۄنُس یار میون کوتاہ جان | خوش یُون نُنٛدِ بون مہربان

بُتھ چھُس ووزُل آواز میٹھ | کیاونے لٔٹ چھُس چانہِ کھوتہٕ زیٹھ

زنانہِ وۄنُس چھُکھ ونان کیاّ | مے گُن وُچھ میانہِ کھوتہٕ خوشیوُن چھا

پنٛدی کڈان أسس دوہے زنان | پوٚنز کونہِ چھِھن یور انان

مگر مچھ سۄنز زنانہِ گر اکھ چال | سخ بیمار لوگُن گیہِ بدحال

ڈوپنس وأنجہِ چھُم دود ونہٕ کس      وأنجہِ دادِ چھس پیٚمُت مرنس

حکیمن وٕنۍ نم اکھ حکمتھ      پٔژرۍ سٕنز وأنج دواہ اتھ

ژٕے ونان اوسکھ پوٚنز چھُم یار      از نئے تہٕ پتہٕ کر تیِی بکار

مگرمچھن ووٚنُس پوٚنز رِکتھ مارن      یار چھا یارٕ سُنٛد خون ہارن

زنانہِ ووٚنُس تیٚلہِ مرٕ بے      یارس نِش بیٚہہ بیٚتہِ کیٚا چھے

پٔژرِس ووٚن مگرمچھن چھُہم دِلدار      زنان چھم دپانٕ مےٚ ہاوُن یار

پٔژرۍ ووٚنُس کیازِ چھکھ پریشان      بابی وُچھِ ہن، میٚتہِ چھُ ارمان

مگر رِکتھ پأٹھۍ ترٕ ڈٕرِ یاوس      چون گرٕ وُچھِ نُک چھُم ہاوس

مگرمچھن ووٚنس کھسُم تھٔر پیٹھ      گرٕ پیُن واتناوتھ جتھ پیٹھ

پٔژرۍ بوٚز سیٚوٚ ڈُے ترأوِن ووٚتھ      یکدم مگرمچھس تھٔر پیٹھ

مگرمچھن سیٚہ منٛز ڈٕرِ یاوس      ترأے گرن آبس تل وسنس

پٔژرۍ ووٚنس، یارا چھُکھ کران کیٚا      بون بون چھکھ وسان پھٹہٕ ما

مگرمچھن ووٚنس چھس لاچار      گرٕ واجینٛز چھم مرنس تیار

وأنجِ چأنۍ تس چھےٚ دوا      مجبوٗر چھس، لکیاہ کرٕ کیٚا

پٔژرِس فِکرِ ترٕ شیطنُتھ      مگرمچھس ووٚنُن بوز میأنۍ کتھ

زُو دِمہِ چانہِ موکھ چھس تیار      وأنجہِ پیوٚنت کوسہٕ کتھ چھےٚ اَے یار

اما پوٚز وأنجِ چھم تھٔوٕمژ کُلِس پیٹھ      تُٔژ تھےٕ وٕنۍ زِہے یِمہٕ ہا ہتھ

وُنہِ کیٚا گوٚو پکھ پھیر واپس      وأنج بہ انن ءتی پانس

مگر مچھن پوٚنز کھوٚر بُٹھِس پپٹھ　　پوٚنز کھوٚت گُلِس چٹوٚپٹھ

اُسنا ترووُن وۄنِنس ہا　　بے وقوٗفن ہِنٛدِ بے وقوٗفا

کانٛہہ چھا وأنِج کٔڈِتھ تھاوان　　گرٛزھ ون زنانہِ رۄ ڈُے ارمان

اصلی چھےٚ میأنی بے وقوٗفی　　کوزأژ ءستِن تھأوِم دۄستی



پروفیسر غلام نبی فراؔق
(بُہری کدٕل، سری نگر: ۱۹۲۲ء)

## رامہٕ ہوٗن تہٕ گرٕ یسی کوٚٹ

جنگلس نزدیک گامس منز أکِس
گرٕیسی کوٚٹ اکھ اوس تیرن رأچھ در
اوٗبرٕ لٔگی أسی بالہٕ تھونٛگبن پیٹھ بہتھ
دوٗر تامتھ أس ما دوراں نظر
گوٚو کُنےٚ زوٗن گرٕیسی کوٚٹ کیُتھ تام ہیوٗ
وٕتھی دِلس اندر تِمس بدلےٕ کوڈر

وُنی کرن بیدار سوٗرے گاٗمی گاٗم
شولہٕ ناون وُنی پیٚتتھ خاموش شام
بُتھ کوٚرن گامس کُنتھ گٔلی لٔنجہٕ پیٹھ
کریکھ لأیِن کریکھ لأیِن باکدام

گامہ والىو! رامہ ہوٗنو ہا روٗنس
سٗمی وُوسأری، سٗمی وُوسأری، یی وُویٗوری
گامہ والىو یام أمی سٕنز کرٕ یکھ بوٗز
دڑاے سأری دراے تٕم دوران توٗری

شراکھ ہتھ اکھ دراو بیاکھ توٗر ہتھ
بیاکھ دوران شانٛشہِ ہوٚت آو لوٗر ہتھ
جنگلس نزدیک لوٗکو شور تُل
آنگنن اندر زنانو سینہٕ زُل
جنگلس منز یام سأری لُکھ سمیاے
گرٕپسی کوٚٹ اوس لنٛجہِ تل شیران جاے

یام پُرژھس کوٚت سنا گیہ رامہ ہوٗنی
تام اسہٕ وُن بُتھ گرِتھ دیُت نگھ جواب
یور کتہِ سأ أسی آٮ۪تی رامہ ہوٗنی
اکھ تماشا بس کوٚرُم اوسُم حُباب
لوٗکھ گیہِ ناراض واپس آے تٕم
نٕشم ہٕتی پیٚہٕ گرٕ کُنتھ سکھریاے تٕم

اکھ دوہا گوٚو گرہسی کٕڑ وُچھ رامہٕ ہوٗن
جنگلس اندر نژان تٔسی گُن دوان

باگیریوٚ ویٚسریوٚ رووُس حبس تہٕ ہوش
ژأنگو ریٚہہ ہیوٚ بُتھ تسُنڈ گوٚو کپسہِ پوش

گامہٕ باین ناد بیٚیہٕ لوٗیُن مگر
ہاے خطرس منٛز تٔمِس اوس زوٗ تہٕ جان

گامہٕ والو بوٗز آلو کتھ کھیٚکھ
یاد تٔمی سنٛز پرأنی کتھ از بیٚیہٕ پیٚکھ



رحمان راہی
(واژِپۆر، سری نگر: ۱۹۲۵ء)

# ییتھ سمییس منٛز

دوہہ اکہِ لۆکو وُچھ پوژھ لووا
تژہریۆمُت، باہٕرِ ہوٗت لاران
دب دُژسی کھیٚیے دبہٕ ونہٕ آمُت
زُو لرزن سخ عاجز اۆنمُت
ون ترأوِتھ مأدانن ژھنڈِتھ
لاران تھاران بأزری لۆگمُت
لۆکو وُچھ ، ٹھہروٗکھ پرٛژھس
پوژھِ لاویا کیٚا با خأرِے چھا؟
تھاران ، ہاہاں، لاراں کوٚت چھکھ
پتہٕ ما چھےٚ کانٛہہ ظأِلم دوران؟
پھِربِکھ ترأوِتھ اندری پکھی نظراہ دِتھ
پوژھی لأوِس پیٚپہٕ زبو مُژ راوٕنی

دۆ پنکھ میٲنو ، ٹاٹھیو یارو
مۆت نو اوٗسُس ہرِگز گۆمُت
ٲدی بۄزِم بدلے شوٗوے
اِدِ مَتہٕ پرٛژھی تو کُس رنگ سپدُم
مُلکس منٛز بیگارٕ چھےٚ لٚجمٕژ
حاکم لۄکو پارٕ ے کٔڈٕمٕژ
ییٚتہٕ کانٛہہ وۄنٹاہ میسر سپدِ ہو
تتہٕ گرٕژھِ سامانہٕ سارٕنہٕ سوزُن
یِی بۄزِتھ چھُس پھٹھِر بن لۆگمُت
وۄنٹن از بے گارٕ چھےٚ لٚجمٕژ
پۆژھی لاوِنی بے قلِ کتھ بۄزِتھ
لۄکو ترووُس بۆڈ کھنگالاہ
دۆپہس پرٕژ بنی چھے ٹنگہٕ ڈٕجمٕژ آمٕت
اسہٕ دۆپ سہلابے چھُے آمُت
ژٕتہٕ نے چھُکھ پاگل سپدیومُت
وۄنٹن ہےٚ بے گارٕ ژٕ نے کیٛا با؟
ون با کیٛا گووُے کُس تاون پیوٚے
یمہٕ ٲوِجہٕ زٲوِجہٕ کتھہٕ بۄزِتھ

پۆژھی لأوِس زن نبٹھ لۆگ تالس

اڈٕ کجہِ زبوٕ وۄننکھ ہا یارو

یتھ سمیس مژ چھا کینہہ ژھاںڈُن

زول ہے جہلکۍ نارن کاںژھا

ڈٕلۍ تن میٚتہِ ، یہِ چھُ وۄنٹھٕ بچا ہیوٚ

حالس لگہٕ بے گارِ بلاین

پتہٕ وُچھ زبس اِد پۆز رٕکتھٕ پرٛزلنم



دنیا ہس منز تم بشر تم لُکھ چھِ جان
یم رفاقت اکھ أ کِس آسن کران

(امین کأمل)

# بأتہٕ کتھٕ

(ژھو چہِ منظوٗم سبق آموز کہأنیہِ ،یمہٕ شُرٕ بن جلد یاد گرٕ ھان چھےٚ)

اقبال ناتھ ونٛپوٗہ
(ونٛپوٗہ: ۱۹۷۴ء-۱۹۱۸ء)

# وُژھ گگرتہٕ بال

وُژھ گگرس تُج ربٔژھ أکی بالن
دزٕ بزٕ کیاہ چھےٚ، ریٚہہ چھُکھ تراوان
ییٚژ رژھا چھُکھ ہٕسر چھےٚ کوتاہ
گگرن وٚونٛس بۆڈ چھُکھ وارا
ٹھرِ چھُکھ روزان اوٚبرس واوس
پیوٗتناہ اکھ چھُس رُت چھُس پانس
وٚنتم، تگہِ یاہ ڈۆنا کوٗرُن
کھسہٕ وَس ہتہِ پھِرِ کرِ دِودارس
نٟیگ آسٔن نا چھٔنہٕ کانٛہہ عآبا

أکی بڈٕ بالن تھٔدی پانژالن
روٗٹن ما چھُکھ وُژھ چھُکھ ہاوان
اڈٕ گرز ماٗمنٛز ڈوڈ گرز پوٗژا
بۆڈ چھُکھ وارا تھۆد چھُکھ وارا
پرِ چھُکھ زالن پأزس کاوس
کٔیاہ منگہٕ چأنٛس بجرس شانٛس
مژرِ پپن ہیوٗ میأنٛی پأٹھی دوٗرُن
أکی سےٚ مِنٛژس نتہٕ ٹِٹہٕ وارس
پھِر چھےٚ فأطی گرٛژھ بڈِ صأبا

تس بالس فوٗرا
الہِ یا بلہِ
تھۆد موزوٗرا
بۆڈ موزوٗرا

☆☆

پروفیسر غلام نبی فراق
(بُہری کدٕل، سری نگر: ۱۹۲۲ء)

## لاچٕ

ماز منڈی رٕنز دوان آو ہٕوُن اکھ
أڈی جہِ گرٕشتام اوس ہیتھ أسس اندر
گوٗژھ نہٕ وۆنتلتھ یُن تہٕ پیوٗن ہیٚیہِ کانٛہہ شریک
أمی خیالن دِیوو منزی منزی پوٚت نظر
اوس یِی سونچان لتس بُتھِ آیہِ کول
ہٕوُن ٹھہریو وچھنہِ لوٗگ اتھ رہ گٕذر
شاد گوٚو ییٚلہِ تٔمی تٔتی کولہِ تار وُچھ
تارٕ پیٚٹھی تٔمی ہیٚژ کرٕنی ترٕنچ سکھر
تارٕ پیٚٹھی یامتھ سےٚ منزس ہٕوُن ووت
آبہٕ منزٕ لتس بیٚاکھ ہٕونا درٕ پیٚٹھی آو
بیٚاکھ ہٕوناأڈی جہِ ہیتھ أسن اندر
بیٚاکھ ہٕونا پوٗرٕ تٔسی ہیوٚ یاد تھاو

ہۄن ڈینٛٹھ بروٚنٛٹھٕ کنہِ حأران گوٚو

أڈۍ جہِ وُچھِتھ ہتس دِلس منٛز طمع زاو

دوٚچھن کھوٚوُر بروٚنٛٹھ پتھ مٔشرووٗتٔمۍ

کرنہِ لوٚگ پننہٕ نٔمن ارادن تٕلہٕ تراو

وارے پننہٕ نے ژھایہِ پٔٹھ تٔمۍ آے شوٗر

ٹھوٗ یُتھےٚ تٔمۍ کوٚر یِتھُے مژرِوو أس

خام طمعہٕ ہس عقٕل ژھێتہٕ گٔیہِ سربسر

أڈۍ جہِ پننہٕ نے پێیہِ تٔمِس آبس اندر



امین کامل
(کاپرن، کولگوم: ۱۹۲۳ء)

# رفاقت

بُلبلا ہ تھرِ پیٹھ أ کس رؤ زِتھ گومُت
رۄ مُسافرِ روومُت وتہِ پیٹھ پیوٚمُت
خوفہٕ ہوٚت أندۍ پکھۍ وُچھان، أش ہٲریوان
پأنۍ پانس ستۍ پچھتاوان ، وِنان
حالہِ حأران ہیوٚ دوہس پھیوٚرس ژوپأرۍ
پھل پھلبن پیتھ زُومۍ لوٚسُم لأرۍ لأرۍ
آلہِ نِش چھُس دوٗر پیومُت شام گوم
ییتھ گٹس منٛز کور گرٛھہٕ ووٚنۍ کیا بنیوم
ہوش حبس وتنکُ مۍ از روٗ دُم نہٕ کانٛہہ
گٲلۍ وراہ ییتھ چھُم نہٕ گومُت عُمرِ زانٛہہ
بُلبُلسٕ نِکھہِ تل زُتنۍ اکھ درایہِ ئۍ
پریٚزلہِ وُن تارکُ، مشألیاہ زوتہٕ وِنۍ

بُلبلس گُن وننہٕ لُج کانٛہہ غم مہ بر

چھس بہٕ حاضِر خدمتس حکماہ ژٕ کر

ژونگ ہِش زوتان چھےٚ وُچھ کیا میأنی تن

سینہٕ چھُم بے کینہٕ دِل شوٚد، صاف من

وقتِ مُشکل گژھِنہٕ تراوِنی زانٛہہ تہِ آش

کرسکھر و ٚوتھ تراو غم ہاوے بہٕ گاش

دُنیاہس منز تم بشر، تم لُکھ چھِ جان

یم رفاقت اکھ أکِس آسن کران



ارجن دیو مجبوٗر

(زأنہٕ پور: ۲۰۱۰ء- ۱۹۲۴ء)

# ہاپت وول

ہاپتَس یارا ہاپت وولا
دوہدِش دوہدِش مایا لولو
ڈابر وأتِتھ ہاپت کھیلا
نُرٛشنا گِنٛدُنا ٹسنہٕ مخولا
اکِہ دوہہ ییٚلہِ اُجِ ہاپت کھیلا
رز ژُٚچ اتھِ منٛزٕ ہاپت وأرِس
ہاپُت یِلہٕ گوٚو
اوٚنٛد پوٚکھ کاڈپیوٚو
ہے وۄتھ ہے وۄتھ ہے کوتاہ وۄتھ
ہوشی ڈُلی اِدٕ مالکِ خانس
اُچھ زِجنس بُتھ نِہوتھ تھوٚونس
بتہٕ لیٚج وأرِتھ ٹھاسان ٹھاسان

سوُرے درہم برہم کوّنَس

أندی پُٔکھی لؤکو ہلۂ کؤر آخر

ہاپُت موُرکھ ژھوڑُکھ پأٔتھر

پأتھر ژھوّڑُکھ ، ژھوّڑُکھ پأٔتھر

ہہٕن رؤد ہہٕن رؤد مأٔلک خانس

حأف تِتھِس ہاپت یارانس



ناجی منوّر
(کاپرن، کولگوم: ۱۹۳۳ء)

## گاڈ گرٛبد تہٕ رامہٕ ہوٗن

رامہٕ ہوٗنس روٗٹ ییٚلہٕ اَڈِ جا ہٕٹس
چانٛچہٕ رارٕے گوٚو کران ، واوا لٔٹس
گاڈ گرٛبد ڈیوٗنٛٹھن تہٕ پیوٚ وٕتی نےٚ پتھر
تونتہٕ ستہن اَڈِ جہٕ ہن کڈتم نبر
تمۍ وۄنس چھےٚ فیس دِہن ادِ بوزِ چون
تمۍ وۄنس اتھ اعتراضے چھےٚ نہٕ میون
تونتھ بس ترٛاوِس ہٕٹس منٛز یام تمۍ
بس اَڈِج کڈنس نبر کُن تام تمۍ
رامہٕ ہوٗن ییٚلہٕ دادِ نِش آزاد گوٚو
رامہٕ ہوٗنیا فیس کیٛاہ واتم دِتوٚو
رامہٕ ہوٗنس کھوٚت خشم وٕنی نس یہٕ کتھ
چھکھ سلامتھ چھےٚ یہےٚ بڈٕ ہش دولتھ

☆☆

ناجی منور
(کاپرن، کولگوم: ۱۹۳۴ء)

# گبہِ بُتھِ رامہٕ ہوٚن

رامہٕ ہوٚنا اوس یُژ وأنسٕتھ گوٚمُت
دوہہٕ اکے اوس سخ فِکرن پیوٚمُت
سوٚنچ تٔمی اکھ تیٚرِ بستاہ لاگہٕ ہا
اِدٕ کھیٚلین منز یِڈٕ بران آسہٕ ہا
تیوٚر لأرِتھ ژاو سُے تیٚربن اندر
دوہہ گُزأرِتھ راتھ ییٚلہِ وأژِس بِسر
ناٹہٕ ہُنٛد پیوٚو مأل پہٕلِس شامنس
ویوٚتھ پہن کٔھٹکونہٕ ژاران وُنی کنٛبس
وٚون دِنیے لوٚگ أخرس پنہٕ نِس کھیٚلِس
رامہٕ ہوٚنِس وأے تٔمی شرا کھا ہٕٹس



ناجی منور
(کاپرن: ۱۹۳۴ء)

# پُثزی وول

پثزی وول ڈابرِ وایان آو — ڈابرِ وایان آنگن ژاو
ثُری فوجاہ چھُس پتۂ دوران — گامکُ گاماہ آو لاران
پوثز لوّگ نثنے لؤراہ ہبتھ — ژرِپوّپ ہُیِو ووّتھ بروثہہ تَے پتھ
پثزِ دوپ پثزی وألی بن مہریثنز — کلۂ کوّڑ کوریوّ داریو کِنز
پثزِ ترو و بُرقعاہ بُتھِ بون گُن — لوکچو کوریو ہیوّت وِوشلُن
ہَو پثزبو مہراز ژبن — یوگُن بیہہ ہا نوشۂ ستمِن
لوکٹو ژرِپوّپ وایُن ہیوّت — پثزی وألِس اِ آبوشاہ کھوّت
نثنے لجۂ وونی پثزِ ماسَے — لؤکن أسی أسی گوّو گاسَے
کم پأتھر گری پُثزی وألی — پأتھر پتۂ تُمی رٔٹ چاألی
پوثسۂ لُکو کیثزو دِتی تَس — کیثزو دانۂ تومُل دیُت ہَس

خوش خوش پُثزی وألی تُج دَو
بیِٔس طرفس گُن لاریو

☆☆

پرتھوی ناتھ کول سایل
(شالہٕ کدٕل، سری نگر: ۱۹۳۸ء)

# اَپُز یار

دوستو جورٕ ہو فأصل کۆر
نکھٕ ڈکھٕ روز و پانہٕ وأنی أسی
ہنگہٕ منگہٕ بُتھِ پیٛوکھ ہاپت کاک
اکھ اوس تکرُ ے بیاکھ کم زور
کمزورٕ سٕژ ما تھأوٕن کل
رتُ ہیُو ژھل کۆر کمزورن
ہاپُت نِش آس شہہ کۆرُن بند
باسیوس موورداہ، بروٗنہہ گُن دراو
نکھٕ یِتھ کمزور یارس پرٕژھُن
یارن دوٗپنس وۄنم ہا
یار گرٕشھِ آسُن پٕزی پأٹھی یار

جنگلس گُن کرو چکراہ اوڑ
سیٛدِ ہلہِ پلزٕو اکھ أکِس أسی
ڈیٛوُنٹھُک تامتھ پیٛیہِ تمِن باکھ
چالاکن کھأر گُلِس پیٹھ دور
لنجہِ پیٛٹھی لنجہِ سُے کھوٚت جل جل
وتہِ پیٹھ شوٗنگ سُے موراده زن
ہاپتن مُشکاه ہیوٚتُس انٛد وٕنٛد
گُلہِ پیٹھٕ یار وۄتھ نکھٕ تس آو
ہاپتن کٔنس تل کیاژٔے وۄنُن
یُس نہٕ بکارٕ یِیہِ، یار سُہ تہِ چھا
سوکھس دوکھس منٛز یُس یِیہِ بکار

☆☆

سید رسول پوٗمپُر
(حسن پوٗر، ویٚنچہِ بیور: ۲۰۱۱ء-۱۹۴۰ء)

# گاٹُل سوداگر

| | |
|---|---|
| کتہِ تام سودا گارا اوس | لتس اوگ دوٗگ اکھ یارا اوس |
| ژوٚن زنگن پیٹھ یُس پکہِ وُن | بور تُلان یُس چھُنہِ تھکہِ وُن |
| ناو یمس چھُکھ کوٚرمُت خر | یُس چھُ پھِران صبرکُ دفتر |
| سوداگارس سونچا پیوٚ | سرٛوگ تہٕ سمنٛدری نوٗن انٛو |
| سٔدرٕ بٹھِس پیٹھ لوٚدنس بور | نُنہٕ گُنہٕ ہیتھ یِیلہِ ووت سہُ یور |
| کولہِ ترٛوٗن ڈوٗلکھور خرس | نوٗن گلِتھ لوٚت بور خرس |
| وۄتھ یِیلہِ تھود یِیلہِ بورلوٚتیوٗس | آبے باسیوٚو لتس اوٚر دوٗس |
| سوداگر و وۄتھ پانس کُن | تارس فِکرِ ییٚتھن تھکھ دِتُن |
| پھشمب ہینہٕ یِیٚہِ سہُ پھیرتھ گوٚو | خرہیتھ کولہِ نِش وأتتھ پیوٚو |
| خرہنگ خبرٕ ے چھوٗ آیس | رسہٕ بیوٚٹھ گُنہٕ ہیتھ منٛز آبس |
| آب ژٕہتھ پھشمب کوٗت گوبہٕ | زلنہِ سےٗ لیس پہتٕرن پہٕ |

ئلہِ لتس گاٹُل لاگُن پھوٚر
بور تُلُن کیٚت اوس سُہ اوٚر

☆☆

محی الدین گوہر
(خوشحال مۆت،سوپور:۱۹۹۹ء-۱۹۴۰ء)

# ہاپتس لأجکھ مائٔز

ڈُبہٕ ڈُبہٕ ڈابرٕ وایان آو
ہاپت وولاہ باژرٕ دراو
باژرٕ منزٕ کھۄت اکھ ییٚنہٕ وول
ہاپُت حسدٕ کرٕ نارن زول
ہاپتن ییٚلہٕ وُچھ گُرٕ تےٚ بانڈ
طمہن چشمن ؤجنس زرانڈ
تھلہٕ تھلہٕ آغس وُچھنے لۄگ
دوٚپنس آغن مو بر غم
آغس معنے بوزن تۄگ
ہاپت لالو کراوتھ چم
بچھٕ بچھٕ ژمٕ ہیٚژ بُہرِس مائٔز
گۄرِس نِش گۄو أنن کائٔز

سونچا تُمٔ کوٚر گوٚو حأران

ہاپتس جُزٔ روٚس چھٹنۂ کاثہہ تان

آغن مائژ لتس لائگنٔ ہیٚرٔ

ہاپتن پُرژھنس ''تھرچھم رِکرثھ''

آغن دوٚپنس '' تتھ موسَن''

''جُرٔی جُرٔی تھوٓئے چربِی تن''

مٔلیٔ مٔلی دونوے مائژ آیہِ تنگ

گُنہِ نونوٚن دراو مائژِ ہُنٔد رنگ

لؤکو کڈٔی ہکھ ریژٚۂ تےَ ناو

ہاپت وولاہ شُرکنن ژاو



شیخ راضی

(کنبلون، ویچہِ بیور: ۱۹۴۳ء)

# گگر کتھ

گگر اکھ اوس اُمی سےٟ آیہِ خرہنگ

بناوُن واَج سٕنٛز وارہ تہٕ یٔژتنگ

ردی لوٗگن یٔدی تھووُن نہٕ کانٛہہ حد

ژےٚ کیاہ باوے یٔڈی ہٕندی ساسہٕ یٔدی رنگ

پھُٹِتھ صوٗنٛدقس کٔرِتھ نقصان اوسُم

ونان پتہٕ خوفتنس مےٚ اوس شبرنگ

شرارتھ گوٚ مےٚ کلہٕ پیٚٹھی ترٛٹھ کیٛڈِتھ ژھٹھ

عداوتھ ڈٕنب لوٚگُم واَنج گیٖم سنگ

کرامتھ ہاوُس آدمی اتھن ہٕنٛز

ژھلس لوٗگم تہٕ کھیوٚدُم گوشہِ بٕرٛ ٹنگ

یہِ کیاہ ڈیشان بہٕ چھس چشمونٛوٗ رنگ

اجل آمُت اُمِس وہرِتھ پیٚمتۍ لنگ

اُسٕنٛد دورُن دۆن أمٕ سُنٛد یوٗ ہے خاب
تہٕ پچھتوٗم پٕٹن رُم رُم تہٕ انگ انگ
مےٚ نِش بہتر ووٗل شِشتہٕ روس ، لِوَن دروٗت
سوٗنک تے آسہِ ژھل ییٚتہِ چھُس نہٕ کانٛہہ منٛگ



اعجاز غلام محمد لولو
(آونیٚور، فرصل: بہ ۱۹۴۴ء)

# خرگوش تہٕ کچھوٕ

اکھ اوس کچھوٕ تہٕ بیٚیہٕ خرگوش بۄزِو کتھٕ ہن تھاٲوِو گوش

خرگوشن وۄن کچھوس کُن کیٚا چھکھ سونچان وولہٕ یوٗگن

کچھون وۄن نس پکھ پانس زُرکہٕ دِوان چھکھ بے گانس

بۄزِتھ خرگوشس گٲژ ژکھ اَچھ زن گیہٕ تس باہ باہ ترٛکھ

دۄپنس دوِ کرمان مے سٟتۍ یۄ دوے چھنہٕ شایان ژٕ سٟتۍ

کچھون دۄپنس اِد ساٗ ٹُل خرگوشن وۄن تیٚلہِ چھا سُل

ون ہٗو، تھرِی، تم یِکوٹہٕ دراے دورِ یہٕ زن پکھ تمن آے

ہن کھنڈ برۄنہہ ییٚلہِ گوٚو خرگوش سۄنچن کچھوس کتہٕ آسہٕ ہوش

تامتھ کرِ شہلس آرام پیٚیہٕ تس نیٚندر، سپدیوو شام

کچھوٕ کاکھ وارٕ وارٕ منٛزِلس ووت خرگوشس لوٚگ موٗلن دروت

خرگوشن اَچھ مُژراوِ یام دوٗ ترٲوِن ووت منٛزِلس تام

کچھوٕ کاک بڑوٹھے ووتمُت اوس ٹلی خرگوشس بوشاہ اوس

وارِ وارِ کرُن گژھہ پنٕنہٕ نُے کار
ہَنہٕ ہَنہٕ لوٗزراوُن گژھہ بار

حمیدہ شاہ اختر
(واگہٕ ہوم، وٕتجہِ بیور: ۱۹۴۷ء)

# ژرِ بچہِ تہٕ شُر

ژرِ اکہِ بنوو دوسہِ منز اول — تہٕجہِ تہٕجہِ یٔوٗرن نٕرم تہٕ گول
اتھ منزِ ٹھوٗلن پھاہ دِنہِ بیٹھ — سختی ژأزِجن کرٕتھ تہٕ میٹھ
پھاہ دِتھ ٹھوٗلو منزٕ بچہِ دراے — ژرِ کوٚر شُکرانہٕ بٔرنکھ ماے
شُر اکھ نکھٕ تل روزان اوس — نِکی نِکی ژرِ بچہِ بناوِن دوس
شُری وُچھ اکہِ دوہہ سرپھا آو — ژرِ بچہِ کھیٚنہٕ موکھٕ اوُسس چاو
أزِلس گُن لتس پکہٕ نچ تراے — شُری لأزِس گٔنز کوٚرنس آے
کلس پیٹھس گٔنز أتی نٕے موٗد — ژرِ بچہِ کھینکُ لتس ارمان روٗد
ژرِییٚلہِ وُچھ گیٔ شاد سبٹھاہ — دوٗپنس گوٚبریاہ شُکرِیا
یُس کرِ مظلوٗمن امداد — ربّ تھاوبس یٔژ شاد آباد
یِی گوٚو پنہٕ نِس یارس یار — سختی وِزِ گژھِ یُن درکار

☆☆

غلام نبی آتش

(نائل، اننت ناگ: ۱۹۴۹ء)

## مشوٗرٕ

أکِس مکِس جایے    پکان پکا ن ژھایے
گگر سأری سمٔ یِہ    گرٕکھ دوس دأری
گگر بایِو وٕزِنو با    برأرِس وکانٕہ گرو کیا
گونژھل گگُراہ کھڑا گو    د وٗپنکھ یِہ گُس مسلے پپو
برأری واراہ گگر گائلی    بۄزِو تراوس گھنٹی نائلی
بوزان آسو ٹھِنٛز ٹھِنٛز ٹھِنٛز    ژلان آسو وأجو کِنی
گگرو دوٗپُس یِہ گوٚو جان    آسو پان بچاوان
تھودگیہِ وٕتھِتھ کھر ہٕژا اکھ    دوٗپنکھ یِہ چھا کمٕے سنٛخ
برٛأرِس گُس تژاوِ گھنٹی نائلی
پنٕہٕ نی سوٗنچِن وَتہِ أسی ڈألی

☆☆

غلام نبی آتش
(نائل، اننت ناگ: ۱۹۴۹ء)

# بیٖقل کاو

ٹاٹھو رِکرٕہُن کاوا ۔ وُپھیوٗ و تاپہٕ یاوا
وُپھیوٗ و ژھایہِ ژھایے ووت أرِکس جایے
چون تریشہِ گوٗلاہ لوٗبُن ناٹہٕ پھوٗ لاہ
ناٹہٕ پھوٗل اوس میوٗٹھ کھیٛنہِ گُلِس پیٹھ بیوٗٹھ
لپأری پوٗک شالا دوٗپ نس کاوِ لالا
حلقہٕ چُھے مُدرُ قنٛد بأتھ چون چھُم پسنٛد
کاوس تام جوش آو لوگُن کرنُ ٹاو ٹاو
ناٹہٕ پھوٗل پتھر پیوٗ و پتھر پیوٗ و شالن کھیوٗ و

امہِ منٛزٕ دژٕایہِ نصیحت
سوٗنچنٕے مسا گرِو کتھ



سُلطان محمود سُلطان
(کانڈِری پۄر، گُر، وینچہ بیور: ۱۹۵۱ء)

# ناکام بێأر

دژاو گگراہ وأج منز دِل دۄر گرِتھ
تَس نکھےَ أس بێأر زاگان گۄش گرِتھ

دژاو یامتھ تام لأیس بیارِ چھ
وہےَ بچأرِس گنڈِونس لچہِ آیہِ تھچھ

بیارِ أڈلچہِ ہن پنجِس منز زورِ رٹ
زور کۄر گگرن ژھێنِس منز باگ لٹ

سخ پریشان أس نبتھ ہبتھ وأج نش
وننہِ لجٔ گگرس سو پننہِ نی مأج ہِش

از بہٕ آیاس ئلی ئیژکالی یور
میانہِ بێنتھرِ ماس لجیاہ گوکھ کور

یورِ لا جامے گنڈُن کھۄژکھ ژِ ئلی
وولہِ بہٕ ہاوے کیاژے گٔیت اوٚ نمت مے مٔلی

چھم مے پھیران لٹ ژھێتھ روٗزِ ے نہٕ شوٗب
یا نبر نیرکھ برٔے لولاہ ووں خوب

رتھ وندے کتھ بوز وولہٕ تاں نیر یؤری

میانہٕ ٹاٹھیا لٔٹ تھوَے وأٹِتھ بہٕ اؤری

دؔوپُس گگرن تِتھِس لولس گوؔ وُے فان

ماسہٕ ٹأٹھی لچہٕ کھوٹُے ہے َچھُس بہٕ جان



نسیم شفائی
(سری نگر:۱۹۵۲ء)

# کاوٕ کاکھ تہٕ ٹنگ

کاوٕ کاکا اکھ چکرس دراو
ٹنگہٕ ہن اکھ ہیتھ درامُت اوس
کُلہٕ لنجہِ پیٹھ بیوٗٹھ دَرکہِ رٹتھِ
شُری أسس بونہٕ کنہِ زاگان
گگُراہ اکھ اوس وأج اندر
کاوس اوس سخت کھوژان
بُڈٕ گگرس کوٗر گگرو پھٕر
اد دُیت گگرن گوژھن تاو
شُرِس أکِس کُن لأیِن چھ
تھپہٕ ستی کُلہٕ لنجہِ أج تھترائے
ٹاو گرِتھ ژٕول وُپھِ ہوٗرکُن
شُری أسی گگرس کنہِ لایان
ٹنگ اوس لِتھ وِتھ گردِ اندر

تس اوس امہٕ دوہہ بدلےٕ چاو
جنگ زن زیٹھ آمتٕ اوس
کاون منز زن دراو پھٹِتھ
ٹنگہ موکھٕ تم أسس ژھاران
ٹنگس زاگان اوس ، مگر
توٕ سبہٕ اوس پتھ پتھ روزان
تَس آو شابش بوزِتھ ٕگر
بہو دوٗرا زن جنگس دراو
شُر کھوژ لأین کُلہٕ لنجہِ تھپھ
کاوٕ کاکس آیہٕ اوٕر یور گرائے
ٹنگ پانے تمی دأرِتھ ژھُن
کاو اوس دوٗرِ ے پکھِ تاوان
شوگن أکی نیٖ توشتہِ اندر

شُری کھیچ، گگُر تہٕ کاو بچور
تِم گیہٕ تور تہٕ أسی آیہٕ یور

# کتابات


۱......شُر بن ہنِدی بأتھ، جِلد :۱، ۱۹۶۱ء۔ ناجی منور

۲......شُر بن ہنِدی بأتھ، جِلد :۲، ۱۹۶۲ء۔ ناجی منور

۳......بأتہٕ کتھ :۱۹۷۵ء۔ ناجی منور

۴......کاروان :۱۹۶۶ء۔ غلام احمد فاضل کشمیری۔

۵......کأشُر سرمایہ :۱۹۸۷ء۔ غلام احمد فاضل کشمیری۔

۶......میراث (۱۹۷۵ء) ستھ رنگ (۱۹۸۳ء)، جامِ جم (۱۹۸۸ء) غلام احمد فاضل کشمیری۔

۷۔ دُعاے معصوم (۱۹۸۳ء)، شمع وطن، ڈلیلہٕ، غلام احمد فاضل کشمیری۔

۸......شُرِ ل :۱۹۸۱ء۔ ایوٗب صأبر۔

۹......کتھِ تارٕ (۱۹۷۸ء)، تار کھنب (۱۹۸۰ء)، ایوٗب صأبر۔

۱۰......گولالن شادمأنی :۲۰۱۰ء ایوٗب صأبر

۱۱......بُلبُل :۱۹۹۳ء۔ گُل تہٕ گُلزار :۱۹۹۹ء، شیخ راضی۔

۱۲......کتھ ونے :۲۰۰۶ء شیخ راضی

۱۳......اوٗکس بوٗکس :۱۹۸۶ء۔ نشاط انصاری۔

۱۴......گاشہِ تارک :۱۹۸۴ء، فیاض تلگامی۔

۱۵......پرتَو :۱۹۸۹ء، بامن :۲۰۰۵ء، سید رسول پوپُر۔

۱۶......کینٛہہ ھامینٛہہ ھا :۱۹۸۱ء، غلام نبی آتش، سُلطان محمد سلطان۔

۱۷......نو و کینٛہہ ھامینٛہہ ھا۔ ۲۰۰۹ء، غلام نبی آتش۔

۱۸......شُری لیہ :سینٹرل انسچوٹ آف انڈین لینگو یجز میسور، ایڈیٹر امکار ناتھ کول، ۱۹۹۶ء۔

۱۹......بوٗہتی ٹوٗرک :۱۹۷۰ء، پریتھوی ناتھ کول سائل۔

۲۰......ہیچِلوٕ اچھر :۱۹۹۵ء، غلام نبی ناظر۔

۲۱......شُری باشہِ :۲۰۱۲ء، رؤحی جان۔

۲۲...... پتھ کالہٕ چہٕ کتھ :۲۰۰۰ء، پریم ناتھ کول ار پن۔

۲۳......وٕتھ آگر :شُری ادب نمبر، شُمارٕ ۹،۱۰، مراز ادبی سنگم وٕیَچہِ بیوٗر۔ ایڈیٹر :پروفیسر غلام محمد شاد،

غلام نبی آتش ۱۹۸۹ء۔

۲۴......اڈٕ پھٔلی گولاب :۲۰۱۲ء، ڈاکٹر [illegible]۔

۲۵......گُل تہٕ بُلبُل :۲۰۱۱ء، رشید کانسپوٗری۔

۲۶......کأشُر ادبُک تواریخ، دوٗیم ایڈیشن، پروفیسر شفیع شوق، ناجی منور۔

۲۷......شیرازٕ فایل، کلچرل اکاڈمی۔

۲۸......کأشری لُکہٕ باتھِ کاہ جلدٕ، کلچرل اکاڈمی۔

۲۹......سون شُر۔ کتھ بنہٕ رُت، میر غلام محمد نعیم کشمیری۔

۳۰......پھولہٕ وٕنی ٹوٗری :۱۹۹۶ء، کلچرل اکاڈمی۔

☆☆

# KASHR-I-SHURE ADBACH SOMBRAN

(Anthology of Children's Literature in Kashmiri)

Vol: 1 (Poetry)

Edited & Compiled by:

**Ghulam Nabi Aatash**




Jammu & Kashmir Academy of Art, Culture and Languages, Srinagar

Designed by: Jameel Ansari